# وجوٗدِ شاعری تہٕ تصوف



راتھ دوہ چھُس بہٕ نالن
اَشہِ بُری مِتی پوشہِ چمن
چھُ دیالہ گامی رجیؔد انتظارس
یارٕ ہسندِس دیدارس

**رجیدہ غلام محمد وگے**

پیٹھ دیالہ گام

پرٛیو - کتاب توحید تہٕ تصوف

# وجودِ شاعری تہٕ تصوف

کاشُر ترجمہٕ

رجیدہ غلام محمد وگے
پیٹھ دیالہ گام

| | |
|---|---|
| کتابہ ہُند ناو | وجود شاعری تہ تصوف |
| مصنف | رجیدہ۔ جی ایم وگے |
| معاون کتاب | محترم ظریف صاب تہٕ مجروح رشید |
| مصنف تہٕ تواریخی مواد | از کشف المحجوب |
| ترجمہ کار کشمیری | رجیدہ کشمیری |
| پریس | **الحیات** پرنٹو گرافس 2473818 |
| گوڈنیوک چھاپ | 2011ء |
| تعداد | 500 |
| مول | 150 ہتھ روپیہ |


**بیادگارِ شہید شاہنوازہ**

# فہرست

☆☆☆

# ہاپانہٕ بہٕ ئُس گوس

بہٕ چھُس یہِ پننہِ باپتھ واریاہ بڈٕ عزت افزأیی تہٕ خوش نصیبی زانان زِ بہلہِ پایہِ صوفی بزرگ، دینی عالم تہٕ سخنور ''رجیدہ غلام محمد وگے'' صأبس چھُ مےٚ متلق ظُنِ نیک۔ 2008 ہٕیس اندر ڈِژ مےٚ ریڈیو کشمیر سرینگرٕ عزیزم برقی صأبن اکھ طویل چِٹھی تہٕ ووٗنُن ''یہِ حض چھےٚ أکی بڈٕ بزرگن تہندِ باپتھ سوٗزمٕژ۔ مےٚ چھُ یہِ توہہِ تام واتنہٕ باپتھ تأکید کرنہٕ آمٕژ''۔ تتھ چِٹھِ منٛز أسی میأنین تمن کم کاسہٕ کوٗشِشن ہٕندی سٕبٹھاہ تعریف کرنہٕ آمٕژ، یِم بہٕ کأشرِ زبأنی ہنٛزِ ترقی تہٕ ووتھ واشہٕ خأطرٕ انجام دِوان چھُس۔ چِٹھی پرنہٕ پتہٕ گٔر مےٚ رجیدہ صأبس مُتلق مزید واقفیت حأصل۔ مےٚ بڑیوو یہِ پُر اسرارتہٕ باکمال شخصیت وُچھنُک اشتیاق۔ قدرتس اوس رُت کرُن جنوری 2010 ہٕیس اندر آے اکہِ دوہہ عبدالحمید بزاز صأب تہٕ شیخ عبدالقیوم بے خبری پأٹھی میون گرٕ۔ یِمو گرِ مےٚ دردس کتاب تہٕ اتھ سٟتی تھونہٕ آمٕژ بشیر احمد صأبنی لیکھمٕژ اکھ چِٹھی حوالہ۔ بزاز صأب أسی نہٕ مےٚ اوتام وُچھی متی۔ یِہُند اخلاق تہٕ اخلاص وُچھتھ گوس بہٕ سٕبٹھاہ متأثر۔ مےٚ ننیوو زِ یِم چھِ رجیدہ صأبنی خاصہ مُرید۔ بہر حال بزاز صأبنہِ برکتہٕ ووتُس بہٕ پٔتھٕ دیالہٕ گام تتھ مقامس پٔٹھ یتہِ رجیدہ صأب قیام کرتھ چھِ۔ بزاز صأبس پتہٕ پتہٕ ژاس بہٕ أکس أنی گٹہٕ کوٗٹھرِ اندر یتہِ رجیدہ صأبس سٟتی سٟتی درجنہِ واد عقیدتمند بڈٕ بڈٕ ذکر واذکار کرنس اندر محو أسی۔ رجیدہ صأب أسی وجدس

اندر۔ درٛوٗ دوسلام پرنس ہتی ہتی اَسی منٛزی کاٗنسہِ سوال پزٕ ژھان ، کاٗنسہِ روب کران تہٕ گاہ بۄگاہ کاٗنسہِ کم کاسہٕ لول تہٕ بران۔ بہٕ روٗدس اتھ محفلہِ زندر قریبن اَکس گاٗنٹس ژاٹہٕ کوٚٹھ کٔرتھ اکہِ ونہٕ کھسان تہٕ بێیہِ ونہٕ وسان۔ یہِ حال ڈیشنہٕ پتہٕ رجیدہ صاٰبنہِ قلمہٕ دراہرٕ دردس کتابہٕ پیٹھ لیکھنہِ وزِ ژھس بہٕ سوچان زِبہٕ ہے ژھس تہٕ ژھس کُس ؟ ییتس بڈس فقیر ہنز لچھہرٕ عبارٕ ژ مُتلق کیا ونہٕ بہٕ ؟ میوٚن ذاتی تاثر چھُ یہِ زِ اتھ عالمس مُتلق کینٛہہ ونن وٲلس پزن گوڈٕ سلوٗکچہ وتہِ پیٹھ پکِتھ کینٛہہ پڑاو طے کرِنی۔ یہِ چھُ تیُتھ عالمایێتہِ اَچھ بوٗزان تہٕ کن وُچھان چھِ۔ یہِ سرِ کھرٕ باپتھ گژھِ انسانس دِلچسپی اَچھن گاش آسُن۔ بہٕ ونہٕ یوتے زِ سانہِ باگہِ بُرژِ کاشرِ زبانی چھِ باگہِ بُرتی ریشی، ولی، شاعر تہٕ باکمال بزرگ پاٗدٕ گری ہتی۔ یہندِ ہتی چھِ اَسی بختاور تہٕ ڈکھی جل بنان۔ خداپوشہٕ ناوِن اسہِ یہِ بختاوری تہٕ ڈوٗکھ۔ آمین ثمہ آمین۔

ڈاکٹر عزیز حاجنی

کنوینر کشمیری ایڈوائزری بورڈ

ساہتیہ اکادمی، نئی دلی

# تصوف

تصوف چھُ اکھ سٹھاہے سون تہٕ سنجیدٕ علم۔ یتھ منز بندٕ خالقس ستی لول ورتاوِتھ تسُند قرب حاصل کرنچ کوشش کران چھُ۔ کشیرِ چھےٚ اکھ پیرٕ وار۔ یتہٕ ورایا ہو بہلہِ پایہِ بزرگوزاین چھُ لوبمت تہٕ چھکھ پننیٚ زندگی سلوٗکچہ وتہِ منز گزارمٕژ۔ یِموِ منز چھِ واریاہ تم یِمو پننین یِمن سِری احساسن تہٕ تجربن ہنز باوتھ شاعری منز چھِ کرمٕژ۔ یتھ صوفی شاعری ناو چھُ۔

کاشرِ صوفی شاعری چھِ للہِ دیدِ پتہٕ ازتام تصوفکس وحدت الوجودی فلسفس پنُن موضوع بناوِتھ لکن ہندی دل رنزناوان۔ چونکہ امہِ فلسفہ مطابق چھُنہٕ جزس تہٕ کلس کانہہ حبس تہٕ جز چھُ کلس ستی وصل پراوُنک طلبگار۔ قرآن مجیدُک واضح اشارٕ چھُ زِ اللہ نور السموٰات و الارض، یعنے اللہ تعالیٰ چھُ زمین تہٕ آسمانن ہُند نور یا ونو کایناتکس ذرس ذرس منز چھُ خدایہِ سُند نور جلوٕگر۔ تصوفکی عالم چھِ اَتھی عقیدس پننہِ صوفیانہِ زندگی ہنز وتھ بناوِتھ خداے نور پراونکی طلبگار روٗدِمتی تہٕ کاشرِ صوفی شاعری چھِ بنیادی طورامی فلسفچ ترجمان۔

کاشرِ صوفی شاعری ہُند تنقیدی مطالعہ کرنہٕ وِزِ چھُ ضروری زِ امہِ کُس فکری پوٚت منظرس تحت گژھِ شاعری ہُند مطالعہ کرنہٕ یُن۔ تکیاز شاعری منز چھُ موضوع تہٕ ہیت لازم تہٕ ملزوم۔ ونہٕ چھُ آمت زِ صوفی شاعری چھِ روحانی تجربن ہنز باوتھ۔ یِمہِ کنیٚ امہِ قسمچہِ شاعری منز موضوعس ژرِ ے پہن اہمیت چھےٚ۔

اتھ اہم موضوعس پٮٹھ چھےٚ باقے زبانن منز اہم علمی کتابہِ لیکھنہٕ آمژٕ تہٕ کاشرِ زبانیٚ منز تہٕ چھےٚ اتھ پٮٹھ سنجیدہ کام سپزمٕژ تہٕ پرتھ عالمن تہٕ محققن چھےٚ پننہِ پننہِ تحقیقی

تہٕ تنقیدی بہترِ مطابق اتھ موضوعس پٮ۪ٹھ کام کرٕہٕ مژٕ۔

علمی موضوعس پٮ۪ٹھ بحث کرُن بہر حال کانٛہہ سہل کتھ چھنہٕ۔ ووں گو شوقس کیٛا کرٕ زِ۔ شوق چھُ مصر چہٕ بُجہ معمولی ستھرٕ کون ہیٚتھ بازرکڈان تہٕ اوِکنۍ چھُ ضروری زِ شوقس پیٚزِ قدر کرٕنۍ۔

جناب رجیدہ غلام محمد صاب پٮ۪ٹھ چھِ اتھۍ شوقس تہٕ جذبس تحت وجوع شاعری تہٕ تصوف ناوٕچ دردِس کتاب لیٚکھان تہٕ بازرکڈان۔ رجیدہ صاب چھِ بنیٲدی طور شاعر تہٕ صوفی منش۔ یٚمہٕ کِنۍ یہندِ شاعری منٛز صوفیانہ موضوع باوتھ پراوان چھُ۔ از چھِ یم نثری کتاب لیٚکھِتھ پننس شوقس تہٕ ذوقس بیٚیہِ ہن رنٛزٕ ناوان۔ خداے بوزِن یہُند یہِ شوق کھٔسن رتھِ تہٕ پرن والین ہنٛدِ باپتھ سپدن یہِ بارآور ثابت۔

........................................................................................................

محترم المقام

السلام علیکم

حضرت بہٕ چھُس تہُند تابیادار۔ ووں گو فرصت چھم ہنا کم۔ اوِکنۍ ہرگاہ زانٛہہ اورِ یور گومُت آسہِ تتھ چھُس معافی منگان۔ دردِس کتاب پٔرِم تہٕ خوش گوٚش تکیٛا زِ نثر چھُ بہر حال پرن والین ہنٛدِ باپتھ شاعری کھوتہٕ بہترے، مےٚ اَزیوٚدُعا کران۔

پروفیسر شاد رمضان

شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی سرینگر

۱۳ر نومبر ۲۰۰۹ء

# تجزیہ

محترم رجیدہ غلام محمد وگے صأبن ''وجودِ شاعری تہٕ تصوف'' نأوی ترجمہ پٔو رمیہ دلچسپی سان ،تکیازِ رجیدہ صأب چھِ سانہِ وادی ہِندِس أکِس تھدِ پایہِ مردِ کأمل فقیر حضرت سلطان صأب بدسگأمس سٟتی وابستہ رُودی مٕتی تہٕ تہندی فأض یافتہٕ ۔ زیرِ نظر ترجمہ چھُ باگہ بۆزُرت موضوع وحاطہ کران ۔تکیازِ اتھ چھُ سیٚدِ سیوٚد طریقت ، شریعت ،معرفت تہٕ حقیقتک مول موٗنڈ ۔تِمن کتھن ہنٛز چھےٚ باوتھ یِمن ذہن نشین سپدنہ خأطرٕ اکھ وأنس گرٕ ھِ آسنۍ تہٕ ییتھ دوران اتھ لایق سپدِ ۔ زِ اصلک بیول کنہِ شاٹھن لگنہٕ ۔ترجمس چھُ نہ مُشک یُس رجیدہ صأبن معرفتہ کہِ دربارٕ منٛز پرومُت چھُ تہٕ سٟتی چھُ اتھ سلسلس نسبت أہندِ خلوٗصُک رنگ تہٕ یُس لفظن ہندِ ورتاوٕ تلہٕ ٹاکارٕ چھُ ۔یہِ ترجمہ پرٕتھ چھُ اکھ احساس گنان زِ اتھ منٛز چھےٚ کیٚنژن رموزن تہٕ اسرارن ہنٛز سہل لفظن منٛز باوتھ ،یٚمہِ سٟتی کم پرٕینہ نفرس تہِ کتھ فکرِ ترٕ تہٕ رہنمأیی سپدِتھ ہیکہِ ۔

سماع زیرِ بحث أنتھ چھ تمہِ کتھِ بروٚنٹھہ کُن یوان یم نہٕ عام نظرن منٛز چھےٚ تہٕ مدلل بحث چھُ اتھ نسبت مختلف گوشہ وبٕڑھناوان ۔ بزرگو یِمن اسرارٕ رموزن ہنٛز کتھ چھےٚ تمہٕ چھےٚ اکہِ خاص طبقہ باپتھ زانُنہٕ از حد ضرورت ۔البتہ یمہِ آیہِ باوتھ چھےٚ ،امہِ تل ہیکن تمام طبقہ حض تُلتھ ۔کتابہ منٛز چھُ واریاہ پرُن تہٕ کرُن لایق ۔تمہِ پتہٕ اتھ منٛز چھےٚ پأغمبرن ،ؤلین ،اہلِ دلن ،شأعرن تہٕ فلسفی ین ہند لولچ تہٕ قولچ

کتھ ۔ جایہِ جایہِ چھےٚ حق سرٕنچ تہٕ رب شنأسی ہنٛز ذکر۔ کُنہِ کُنہِ لفظن پھریر مثالے ''پلہ ہور ہو ہٹوک'' چھُ کأشرِ زبأنی ہنٛدِ اظہاری تشبیہہ ہنٛز واضح پزٕنتھ زأنتھ یوانہٕ دِنہٕ۔ یہِ ترجمہ تہٕ خود موجد شأعری چھےٚ گوڈٕنچ ''بحوالہ قران'' کوشش تہٕ باوتھ۔ پٔنٕچ ادرأ کی زان أزیُک تاں شأعری منٛز چھنہٕ، شاید کأنسہ تہٕ دِژہٕ۔ یہِ تخلیق کارن تلاش پزٕ کرُن۔

یہِ چھےٚ رجیدہ صأبنٛز اکھ ایجأدی خدمت تہٕ سبٹھاہ جان کوٗشش۔ یتھ زانن والین ہنٛدِ طرفہ پذیرأیی کرنہٕ یِیہِ۔

شہر بن ژھارن وول

فرہاد

اول فروری ۲۰۱۰ء

# وجود شاعری تہٕ تصوف

تصوف چھُ پرتھ زمانچہ شاعریہ ہُند بے شونکھ پاٹھی اکھ اژھین حصہ رۄ دمُت۔ تواریخ چھُ گواہ زِوارِیہن خطن تہٕ واریاہن زبانن منز رۄد تصوف شاعری ہُند اکھ شعوری موضوع تہٕ شاعرو کٔر تصوفکہِ حوالہ زندگی تہٕ امہِ کِہن رنگا رنگ پہلوون درشناوٕنچ تخلیقی کوشش۔ اتھ تخلیقی عملہ منز ییتہٕ تموا کہِ طرفہ زندگی گاشراوتہٕ کۆر تِمو زبان و بیان ہنٛد بونہٕ رل تہٕ مقررو بوہار وٕستی پننہِ دانشورانہ تہٕ تخلیقی شخصیژ ہُند نہ صرف بھرپور اظہار بلکہ کۆر کھ ہمیشہ خاطرٕ شاعری تہٕ ادبکس توأرتخس منز پنُن ناو شامل۔

رجیٖد غلام محمد وگے صأبنٛز کتاب "وجودشاعری تہٕ تصوف" چھےٚ یمہِ کتھِ ہُند زبردس باس دِوان زِامیکی لِکھأری چھِ مولہِ کنٛی تصوف کِہن زأری جارن تہٕ امہِ کِس آگرس پزنہِ پاٹھی واقف تہٕ تمٔی چھےٚ اتھ سلسلس منز واریاہ مطالعیاتی سرگی کٔرمژ۔ تاہم چھُ یہِ تہٕ اکھ پزر زِ زبان تہٕ تمیُک ورتاو چھُ یتھ کتابہ اندر تتھ اندازس منز سپُدمُت زِ مےٚ ہوس أکِس عام انسان ہنٛدِس ادارکس منز چھُنہٕ سہل سہل کانٛہہ کتھ آسانی سان یتھ ہکان۔ بقول شاعر مہجور "بوزٕنی بوزن آنن دٕرِی ے" سے بوزتو یمہِ کتابہ ہُند اصل صورتِ حال۔

رحیٖد صأب چھِ قلندر تہٕ قلندریہ کینژھا لیکھ سٕہ تہٕ چھُ آسان زندگی ہنٛد بو رسمو

نِشہِ مُچھ تہٕ آزاد۔ تصوفکس سلسلس منز چھُ رجید صاب اکھ عملی صوٗفی تہٕ تہندِ باپتھ چھُنہٕ ضروری زِ یوٗتاہ سہ قلندری ہندِس دُنیاہس منز ضم چھُ تیوٗت کیا ہیکہِ سہ مادی دُنیا ہکین مادی پہلووٕن ستی لین اٲستھ۔ یمن منز لیکھُن تہٕ پرُن تہٕ شامل چھُ۔

کاشرِ زبانۍ منز چھُ وارِیہن لوٗکن یہِ امتیاز زِ تمو چھُ کاشرِس شعری سرمایس یتھو شعری تجربو تہٕ صوفیانہ خیالو ستی باگہِ بوٗرُت برزر کوٗرمُت۔ رجید صاب چھِ مولہ کنۍ قلندر، تاہم چھ تمو نہ صرف شاعری منز بلکہ نثرس منز تہٕ تصوفس متعلق آگہی ہُند ثبوت فراہم کوٗرمُت۔ زیرِ نظر کتاب ہُند مسود چھُ یتھ کتھ ہُنٛد بار بارظون نوان زِ قلندرہ ہندِس لیکھنس منز تہِ چھِ قلندری ہُندۍ وِہوہار آسان۔

مےٚ چھِ وومید زِ رجید صابنس یتھ مسودس ستھ ہکہِ پرن والین ہند باپتھ زیادہ رژ تہٕ پرُکشش بنتھ۔

نادم

مجروح رشید

پروفیسر کالونی، نسیم آباد، حضرت بل سرینگر



یہ میری لئے نہایت خوشی اور مسرت کا موقعہ ہے کہ مجھے محترم المقام روحانی بزرگ رجیدہ دیا لگامی کی کتاب وجود تواریخ وجود شاعری (شاعری تہٕ تصوف) پڑھنے اور اس سے فیضیاب ہونے کا اتفاق ہوا۔ یہ کتاب جناب رجیدہ دیا لگامی صاحب کے ذاتی روحانی سفر کا حال ہے۔ اس تجربے سے وہی قاری واقف ہوسکتا ہے جو بذات اس سفر کے دشوار گزار منزلوں سے گزرا ہوگا۔

میں ادب اور شاعری کا ادنیٰ طالب علم ہوں اور اسلئے مجھے رنجیدہ صاحب کے تجربے کا بھرپور فیض حاصل کرنے کیلئے نہایت محنت کرنا ہوگی۔ انشااللہ قریبی مستقبل میں اس کتاب کو پھر سے پڑھوں گا۔ تب تک دعا کرتا ہوں کہ یہ پُر برکت کتاب شائع ہوجائیگی اور ادب اور تصوف کے سب طالب علموں کو دستیاب ہوگی۔

اُمید ہے کہ جناب رجیدہ صاحب آیندہ بھی دین، ادب اور علم کی خدمت کرتے رہینگے۔ آمین

شفیع شوق

سربراہ کشمیری ادارہ، کشمیر یونیورسٹی

# یوٗرٕ کہِ زوٗرٕ اندی نہٕ کینٛہہ

ظریف احمد ظریف

شیخ العالم نورد دین ریشی علیہ رحمہ صأبن ہند یہٕ منظوم پیشن گویی ہُند اکھ اکھ اَچھر چھُ ازتہِ تہنزِ روحأنی کمالاتن ہنزٕ عظمتچ مثلہٕ تہٕ ٹاکارٕ مثال ۔فرموومُت چھُکھ

وُٗ وری مُشید بانگ ییٚلہِ دپن

ژوٗرٕ ہٮ۪نزِ وُڈِ آسہِ موٗرٕ سُند تاج

وٮ۪تھ ہوکھن تہٕ ہیٚندر گربزن

تیٚلہِ مالہِ آسی واندر راج

شیخ کأملنؒ چھُ یہٕ تتھ زمانس اندر فرموومُت یمہِ زمانہٕ وُنہِ انسان تمن دینی تہٕ ایمانی قدرن ہُند قأیل تہِ پالن ہارے چھُ اوسمُت یمن اندر کشیرِ ہٕندی نامدار تہٕ انصاف پسند بادشاہ، ولی کأمل، متشرع بزرگ ،قلندر تہٕ اِنسان دُوس بندگانِ خدا یتھ بُتراتھ پیٹھ موجود چھِ آسمتی ،یمن آلوس تأثیر ،دُعاس اجابتھ ، بے رِیا عمل تہٕ معرفتہٕ حقہ ستی دِل مولل اسرأری خزانہٕ اوسمُت چھُ ۔یمہِ سببہٕ تمن حالیے اَندر بروٗنہہ کال عیان و بیان اوس ،تہٕ سوی عرفأنی باوتھ چھ کلامہِ شیخس اندرأ انکی پأٹھی شکلاوِتھ تمو اَسہِ بروٗنہہ کنہٕ تھاوِمٕژ ۔

تہنٛدِ تمہِ سونہٕ ہأری سمیَس پیٹھ ازتامتھ کأتیاہ عألمِ دین ، زیرک ، گاٹلی ، مخلص سماجی تہٕ سیأسی رہنماتہٕ ناصح چھِ انسأنی تہٕ اخلأقی قدرن ہنزٕ پامأ لی پیٹھ نالہٕ زأری کران آمتی ، خاص کر یمہ رُوحأنی تہٕ مژھلہِ ملہٕ ژارکہِ وِوہ ہارٕ کأشری پٔننہِ عظیم

میراثکۍ مأ لک أسی ۔ سُہ آسُم راوتھ تہٕ راونس پتھ تہٕ کأژاہ قلم کأری تہٕ نرم گرم گفتأری چھِ سپدان تہٕ سپز مژ، پوٚز حأصل آونہٕ کینٛہہ۔ وجہ چھُ یہِ از أز یک آدم زاد پھسیو وقتہٕ رِکس تِتھس مأدی وأراگی زالس تہٕ زُولاتن اندریتّہٕ ووٚنی تِہنٛد موکلن سبٹھاہ مشکل تہٕ محالیے چھُ باسان ۔ أمِس آو جدید سائنسی ٹیکنالوجی ہُند تیُتھ سہلاب۔ یتھ اندر أمی ہنٛدِ پتھ کالک سُہ سورُے اخلاقی تہٕ روحأنی مولل بوکھچ پیر گوٚو یتھ اندر کأشر ساد تہٕ شوٚژ سماجہ من جملہ قدرٕ رژھرِتھ آسہٕ یموکنٛی عالمس زندر کشیر تہٕ کأشُر سماج قأبلِ قدرتہٕ عزت داراوس مانہٕ تہٕ زانہٕ آمُت ۔ از چھُ سانہِ پویہِ انٹرنیٹ سٹلائیٹ، ٹی وی چنلہٕ تہٕ نوٚزک موبائیل سروس جان تہٕ ناکارکامین کارن ہُند شکار بناوان۔ یتھس اُلودِ جنسی تہٕ مأدی سٔدر رکس یوٚپس یُس شُپ ٹھوٚرٕ گرتھ ہیکہِ ہا، سُہ چھُ کرتام کانہ کانہ گژھتھ نابودی گومُت ۔ ووٚنی یم سمأجی، سیأسی تہٕ روحأنی دعویٰ دار ووستہٕ اَسہِ نظرن تل چھِ تِمن اندر چھنہٕ سو بصیرت تہٕ عمل یێمہِ کہِ برکتہٕ موجودٕ زمانٛک آدم زاد مأدی کج روی ہنٛدِ شرٕ نِشہٕ بچِتھ ہیکہِ ہا۔ تِمن یا چھُ ہوس نتہٕ شہرتچ بوچھِ، مکروفریب تہٕ اصلس بُتھِ نقلچ نمأیش، یێتھن سأنی صوفی بزرگ تہٕ واعظ خوان رحمان ڈار صأبن ووٚن '' کینٛہہ چھے دیدے کینٛہہ چھے شندے ''۔ کینٛہہ گأمتۍ پریشان، کینٛہہ چھِ از حال پیٚمتۍ تہٕ گأمتۍ عکس چھُ کینٛہہ لاران ۔ یوٚہے موجودٕ حسبِ حال وُچھتھ چھُ شاید رجیدہ دیالہٕ گأمی صأبن تہٕ صوفی سلسلہٕ باپتھ پنٛن اصلاحی قلم یہِ ڈٔلۍ زِتہٕ زن جگس کوٚ دمُت تہٕ تمہِ پرانہِ ریشی وارِ ہنٛز قدرٕ تہٕ آسُن سوران وُچھتھ چھُ میانہِ زانہٕ یہِ شیوا یومُت ہیوٚ باسان، توے چھُ پرِتھ ڈٔری یہِ نثری تہٕ منظوم اصلاحی نالہ زأری کرنس ستۍ ستۍ اسہِ ہیوٚبن ادبی تہٕ سمأجی رنگہٕ آور بن تہٕ عاجز دوستن تہٕ پانس لرِ لوٚرو چھن تہٕ پکہٕ ناوٚن یژھان ۔ یہِ زن سانہِ باپتھ اکھ تژھ

ازمائیش چھ۔ یتھ اندر أسی پننو نالۍ گأمتو آورے روکنۍ وُترِ تھےٖ ہکو نہٕ، ووں گوأہنٛز کُششہِ تہٕ دِل بجأیی کنۍ چھس پننۍ کنۍ لوٚتہٕ لوٚتہٕ وے کامہِ ہنٛز یوسہِ اسہِ وق کرنک اجازت دِیی کران یِی۔ پوٚز چھُ یہِ زِمےٚ چھُ ذأتی زندگی ہنٛدِ تجربہٕ تہٕ زانِنہٕ ستی باسان زِ کشیر تہٕ کأشُر گوو پتھ کالہٕ کس تتھ گمنام توأریخی مزارس اندر دفن یتھ اندر سانہِ پتھ کالک مولُل تہٕ پر بزلوٗن تہذیبی، ثقافتی، تمدنی، علمی تہٕ ادبی بوکھچہ رأوِمتۍ چھِ، تتھ راون تِلس ژھأنڈتہٕ ژھأری دنہٕ آونہٕ کمن کمن تأریخی ڈونگلن افسوٗسہٕ روٗس کینٛہہ تہِ بدٕس۔ اَسہِ ہوٚہن ادبی تہٕ صوفی مزازٕ کٔہن ہنٛز چھنہٕ کتھے۔ تِتھس موجودہ وأرأ گی تہٕ حسب حال سمیٖس یتھ نالس تہٕ دامنس ووٚنی کانٛہہ فرقے چھنہٕ روٗزمژ، سانہِ موجوٗدِ حالچ وو کھنے چھنا ژوداہ شتھ وٕری بروٚنہہ سأنی ٹاٹھی بنیٚ صأبن تہٕ تمن پتہٕ تہٕندِ بو باکمال اُمتیو رُوحأنی بزرگو تہٕ سأنی کأشری ریشیٚ شیخ العالمنؒ تہِ پننِس منظوم کلامس اندر کٔرتھ تھأومژ، دو پکھنا

علماہ پوٚروو ووپہ کے ہوسے
ژھلس چھو زاگان أکِس اکھ
بیٚیہ چھو دِپان أسی گیے خاصے
تتہِ نو موکلیوہ ساسہٕ منٛز اکھ



# محترم غلام محمد رجیدہ صاحب

السلام علیکم

تجزیہ بابت ''وجود شاعری تہ تصوف''

آپ کا شاہکار اگرچہ علمی خزانہ ہے، اس پر رائے زنی کرنا میرے بس کی بات نہیں ہے۔ آپ نے تصوف و شاعری کو علم کی تحقیق گہرائیوں سے چھان ڈالا ہے۔ موجودہ مادی دور میں تمام علماء، واعظ، پیر و درویش، سیاسی لیڈران ان خیالات سے عمداً آنکھ چراتے ہیں کیونکہ اُن کا مشن صرف مادیت اور نفس پرستی ہے، روحانیت سے ان کا کیا واسطہ۔

دل کی آزادی شہنشاہی شکم سامانِ موت

لوگوں کو آپ کے محنت شاقہ سے شاید دلچسپی نہ ہوگی، کیونکہ ماحول اس کے موافق موجود نہیں۔ اُمت مسلمہ قرآن و حدیث کو چھوڑ کر فانی دنیا کی طرف مایل ہے۔ یوم آخرت پر یقین درنظر بعید ہوتا جارہا ہے۔ یہ کتاب اگرچہ نادر شاہکار ہے مرکزی مقصد کے مواقف بحوالہ کئی موضوع کو بھی شامل کیا ہے، جہاں علامہ مودودی موجودہ صدی کے بے لاگ عالم ہیں۔ لیکن روحانیت کے تلاش شعور انھیں نصیب نہیں ہوا ہے۔ اس وجہ بے مرشد رہے ہیں، شاید یہی بڑی وجہ ہے کہ اتنے علامہ ہوتے ہوئے اعلیٰ مشن میں کامیاب نہیں ہوسکے۔ ان سے چھیڑنا

ممتسنہ مواخذ ہوتا ہے۔ شیخ کامل جناب نورالدین فرما چکے ہیں

کلمہ محمد ﷺ تحقیق کورُم سجود موجود میلوم پانے

بنیادی سچائی کے باب کھولنے سے زیادہ گاہوں کے مجاور تک عود بن سکتے ہیں کیونکہ یہ لوگ آپ کے نشاندہی حقایق سے کبھی گذر نہیں پائے۔ آپ کا علم انسانیت کی شش جہت کشائی ہے۔ اللہ آپ کو جزائے خیر دے اور آپ کے محنت شاقہ سے عوام الناس ہدایت سے مستفید ہو جائے اور نونسل آپ کے تصانیف بزبان کشمیری توحید تہٕ تصوف اور وجود شاعری تہٕ تصوف کی مطالعہ جستجو ہو کر دین ملت کی اتحاد میں جڑ کر بہرور ہو جائیں۔

خیر اندیش

غلام حسن ریشی، اقبال، کالونی دیالہ گام

# بیادِ شہید شاہنواز

فلک وُچھے پوشہ وتھرُن کران اِم شب
سبز مخمل نورٕ ستی شہلان اِم شب
روپنیاں ہت جام شہادت کُس پہلوان
شاہ نوازِن نامہ تِم پران اِم شب
محفلا چھےٚ از شوقِ گر ھز با تلاوت
حورہ درووددر کثرت دجدان اِم شب
روح تہٕ ملک ہمتس شاباشی کران
شاہ نوازس جنتچ نعمژ شیران اِم شب
حورے اِرم ئر ژارتھ پانے ربن
بنوٕمرٕکےٚ لباس پأرِتھ شولان اِمشب
اتھ شہودس پانہ وجود لول بران
بر مزارے کج مو جی لوبان اِم شب
ہفت جنتچی حور و غلمان وُچھ بے قرار
بس شاہ نوازس منتظر عرفان اِم شب
عاصیا چھس در فکرِ خواب گوم نظرِ یی
یُتھ نہٕ ڈلی نظرِ حق بر شہیدان اِم شب
اظہارِ باطن در سخن سازی چھم نہٕ مجال
جگر سوزی رجیدہ وُچھم للہِ وان اِم شب

# بنیادِ ذُریات

## سانس، خون، جنسیات، جمالیاتی ذوق، انسانی جسد میں قدرت کا عطیہ ہے

انسانی فطرت یعنی جمالیاتی ذوق جو رب نے بندہ میں سرایت کیا ہے ، اس وجہ سے شاعری کی ابتداء قدیم ترین زمانہ سے چلی آرہی ہے۔ اس صنف کو اسلام نے مباح قرار دیا ہے، بلکہ حرام۔ لیکن انسانی جذبات میں یہ ناپید نہیں ہوسکی۔ اس وجہ سے اس صنف کو اسلام میں لگام دے کر اس کی اظہار تا مدح نصوت یا شانِ رب کے حدود کس لی گئی۔ کتاب وسنت کے احکام کے ہوتے ہوئے انسان اور خصوصاً مسلمان اس صنف کے مختلف اقسام کو تابع حد نہ رہ سکا۔ فطری احساسات میں نصوت، مناقب، مرثیہ کے علاوہ تصوف کا شاہکار سخنوری سے آشکارا ہوتے رہا۔ جنسیاتی شاعری پر ملامت ہو۔ کتاب وجود شاعری اور تصوف ایک نئی ادب ایجاد کے طور سرایت ہوئی۔ کوئی بھی شے پیش رب فضول نہیں جب کہ ہر مصاد فانی ہے ۔ آخر انسان کا جیسا کوئی بھی شے عجوبہ خدا نہیں ۔ اس میں اُس کی ہی رنگارنگی ہے ۔ ان میں فطرتا جمالیاتی ذوق کا تحفہ بھی ہے ۔ اس کتاب کا

مطالعہ بھرپور کرنے سے آپ تواریخ کے ساتھ ادبی سرمایہ پائیں گے اور نتیجاً کشمیری زبان کی فروغ کے لیے یہ تحریرہ قلم اٹھایا۔ کیونکہ اس ریاست میں عموماً غیر زبانوں سے روزگار دلانے میں یہاں کے حکمرانوں نے شرط ترقی نمایاں بنا دی۔ حالانکہ مغربی اور دیگر زبانوں سے کشمیری زبان کو توسط سے ہی فائدہ حاصل کیا جاتا ہے۔ تحریری اور ترویجی بنیادوں کی طرف کسی نے بھی نیچ نظر سے نہیں دیکھا۔ یہ سب ارباب اقتدار کی فراموشی رہی جو اول سے اس اُلجھاوی جھکڑ ریاست میں ہمہ تن صندلی گیر بنتے رہے۔ ادب اور آغوش زبان مادر کی ذہنیت کیونکر سوجھتی۔

قدرت کے حُسن کا اظہار شعر و شاعری میں ہے جس کا ماخذ کہیں حد نظر میں دریافت نہیں۔ ہابیل و قابیل کے پہلی وجہ اجل نے گریہ زن ہونے میں اس کے اظہار کو کوئی ماتمی آواز دی ہوگی۔ جو درد کے مارے اس میں چھبو پائی ہوگی۔ اس طرح درد اور مسرت، مدح اور ہجو میں بھی آیا اور اس صنف کو آوازہ گی سے پابند کرنے کے لیے رب نے فرقان میں کئی بار تذکرہ بھی کیا ہے۔ لیکن بحیثیت مسلمان اور انسان جس طرح خود کلام اللہ با وصف بالترتیب رب نے تزین کر دیا۔ اُس سے صنف نزاکت فطرت کی ترغیب ملتی ہے۔ کئی سورۃ جات کی مثال درج ہے۔ اس طرح بعد آمد اسلام چند ادوار میں اس کی ذکر آئی ہے۔ اس صنف کو موجود پاتے ہوئے رب نے اس کی حدِ اخلاق تک چسپاں کی ہے۔ صرف مدح نبی ﷺ

اور تعریف رب شرط ہے۔ لیکن اس برصغیر میں اس صنف کو اور بھی جوئے ہا نکالی گئیں۔ جن میں اکثر طور روحانی قدروں کی ترجمانی نہیں ہوتی رہی۔ جدیدیت کے نام پر علمی اور زبان شناسی کی رسائی سے مصنوعی بے بو شاعری ابھاری جارہی ہے۔

آپ جناب داتا گنج بخش علی ہجوری کے تحریر کردہ کتاب کشف المجوب سے تصوف اور شاعری کے بارے میں آگاہی پائیں۔ اس سلسلے میں تصوف کی بنیاد یعنی فرض دایم کی عمل سے پوری انسانیت کے لیے یاد الٰہی میں مخلوق خدا کی یک جہتی کا درس بھی پائیں گے۔ جس کا صوفی شاعر کے بحوالہ سمجھنے کی سعی و قدر فرماویں۔

**مصنف**



## بسمہ اللہ الرحمان الرحیم

## زینُو اَصوٚ اتکمُ بالقران (ح)

اللہ جل شانہٗ سٕنٛدِ یرٛژھنہٕ ستیٚ انسان پاٗدٕ کرنہٕ پتہٕ اٚمی سٕنٛدِ کتھ باتھ اِظہار کرنک تان عفو چھُ عجب چیز۔ یوٚسہٕ کھٕٹِتھ گوٚپھِ منٛز سٕمبٕٹھاہ شیرِتھ پاٗرِتھ تہٕ گرِتھ خُداین تھاٗوِمٕژ چھِ۔ یتھ کاٗشرِ زبانی منٛز زبان یازیٚو، عربَیس تہٕ فارسی زبانی منٛز لِسان تہٕ انگریزَیس منٛز ٹنگ Tongue ونان چھِ۔ یہے زیٚو چھِ انسانی ذاتژ افضل المخلوق آسنک درجہ دِوان۔

یتھ دُنیاہس منٛز کاٗژا بولہٕ چھِ خُداین انسانس عطا کرمٕژ۔ تِم چھِ گرٛنٛزروٚستے تہٕ سخ دُشوار۔ توٚتہٕ تہٕ چھِ اَکے زبان بولن والین منٛز کاٗژا فرق۔ یِم طریقہ چھِ اٚسی وُچھان تہٕ تہٕ معلوم تہٕ۔ اٚکسے صوبس (Province) اندر بیٚون بیٚون علاقن منٛز کاٗشرِ زبانی ہُنٛد وَرتاو چھُ ٹاکارٕ پاٗٹھی جُدا جُدا۔ مِثالہٕ پاٗٹھی مراز تہٕ کمراز علاقن ہُنٛد بِن الفاظن ہُنٛد ورتاو۔ تِتھےٕ پاٗٹھی شہرِ سرینگر تہٕ گامن منٛز زبانٕ ہُنٛد تُلہٕ تٕراو بیٚون بیٚون چھُ تِتھے پاٗٹھی چھُ شہرس منٛز تہِ الگ الگ جاین جُدا جُدا الفاظ ورتاوس منٛز۔ اَمہِ ہیور کوہستانی بستی ین منٛز یتہٕ گُجریِم بلکُل بِدٕ وٕن زبان بولان چھِ تہٕ گامہٕ بولہٕ ہنٛز چھنہٕ کتھے۔

شہرِ چھِ سبزی وو پداوٕ نچہ جایہِ ڈاروناں تہٕ گامِک واڈ۔ گامکی چھِ کورِ کھاندرٕ بروٚنٹھہ وعدہ لفظن یا رسمی گرٕ وُچھے وناں تہٕ شہرٕکی چھِ اتھ گنڈس تھچھ تراوٕنی وناں۔ شہرٕ کین وارِیاہن محلن منٛز چھِ اَڈی رتس خوٚن تہٕ اَڈی حون وناں۔ یتہٕ پاٹھی گٔنہِ جایہِ تہِ علاقن منٛز الگ الگ اندازٕ بولنہٕ یوان۔ یہوے وجہ چھُ کہ گاٗمی چھِ شہرس منٛز ڈلی ڈلی پربزناونہٕ یوان۔ مراز تہٕ کمرازکی لہجہ تہِ چھُ الگ الگ پربزنتھ تھاوان۔ یتھ بیوٚن اَنہ وانہ شعار، زبأنی ہنٛز ونن تہٕ لفظی بیان چھُ بلکل الگ تہٕ کریوٚٹھ باسان۔ پنٛنی زبان کأشر اَستھ تہٕ چھُنہٕ کینٛہہ فکرٕ تران۔

ووٚنی دِمواَمہِ رنگہ شأعری کُن دھیان۔ شأعری تہِ چھُ زبأنی ہنٛدِ ورتاوُک اکھ بیوٚن ٹلہٕ تراو۔ یہِ چھے ربہ سٕندِ طرفہٕ انسانس عطا کرنہٕ آمٕژ شوٗ بدار نعمت۔ انسان چھُ پنٛنہٕ نٮ۪ن جذبن باوتھ کرنہٕ خأطرٕ رنگہ رنگہ پوشہٕ ذآژن ہُنٛد حوالہ کران۔ یعنے پوش چھِ انسان سٕنٛزِ باوٕژ ہنٛدی مواخزہ بنان۔ مگر عمومی طور چھِ پوش یعنے اَندی پکی مُشکاوان تہٕ معطر کران یتہٕ پاٹھی پنٛنہِ لگ ہأری ہُنٛد باس دِوان۔ گاہے چھِ یِم لتہٕ مونجہ تہٕ گرٛھان۔ کانٛژھا چھُ پوشن مالہِ کران، نألی ترٲوتھ چھُ پنٛنہٕ عقیدُک اظہار کران۔ مطلب یہِ زِ یتہٕ پاٹھی مختلف انسان مختلف اندازن منٛز پوشن ہُنٛد ورتاو چھُ کران تتھے پاٹھی چھِ زبان تہٕ مختلف

لۄکن ہنٛدِ ذریعہ مختلف اندازن منٛز ورتاونہٕ یوان۔

شاعرتہٕ چھُ اکھ انسان آسان۔ عمومی زندگی منٛز چھُ سُہ زبانٕی اکہ اوزارٕ رٕنگی ورتاوان مگر ییٚلہِ سُہ شاعری ہنٛدِس دُنیاہس منٛز قدم چھُ تراوان زبانٕی نسبت تمیٚ سُندٕ وہوار چھُ مکمل پأٹھی بدلان۔

زندگی چھےٚ غم تہٕ خوشی، بُنن تہٕ گُدرُن، عاجزی تہٕ ندامت۔ مرثیہ تہِ تہٕ ونہٕ وُن تہِ، ہجوتہِ تہٕ مدح تہِ۔ یِم چھِ زندگی ہنٛدی گرٛنز رۆس انہار۔ کینٛہہ چھِ نٔنٛز تہٕ کینٛہہ ٹاکارٕ، کینٛہہ مجبوٗر تہٕ کینٛہہ مسحور، کینٛہہ چھِ خوددار تہٕ کینٛہہ چاپلوس تہٕ کانٛژھا اقتدارِ ہوس کانچھان۔ یِتھ پأٹھی چھےٚ شاعری ہنٛز بُنیاد گوڈٕ کانٛسہِ یاپنہٕ نِس ظاہر و باطنی اعمالس مال بناوِتھ پیش کران۔ یتھ چھُ زانُن ضروری زِ شاعری ہنٛدِس فلسفس کتھ چھُ مجازتہٕ کتھ حقیقت ناوآمُت دِنہٕ۔ یِم دۄشوے لفظ چھِ کأشرِ زبانٕی منٛز استعمال کرنہٕ یِوان۔ ییٚلہِ شاعری ہنٛدِ لحاظہ امیُک معنی بلکُل مُبدل چھُ۔ یعنے کأشرِ زبانٕی منٛز چھِ کانٛسہ با اختیارس مجاز ونان تہٕ حقیقت پزرس ناودیان۔ مگر شاعری ہنٛدِس زبانٕی ورتاوس تہٕ معنیس منٛز چھُ بلکُل جُدا۔ امہِ کِنی چھُ شاعر بُنن یا شعرٕ سۆمبرن کرٕن واریاہ دُشوار تہٕ سنٛر (Deepness)۔ اصلیتھ چھِ یہ کہ کمس کمہِ قِسمُک چھُ حال جسم و جانس منٛز سٔنتھ۔ یہ چھاوارداتی جذبات ورتاوان یا زخم چھُس لوگمُت آسان۔ نتہِ کانٛہہ

شادمانی سٕنتھ گژھتھ پننہِ زبانی منز مال بٕنتھ وو پدیمژ آسان۔ یِیتہِ زانوز ِیٔلہِ پانس تانی آسہ ہے تیٔلہِ آسہن بے گنڈ شاعر بنان۔ سیوٚد تہٕ صاف پاٹھی وَنو کہ دِلہ کِنہ پرٕن لیس یَیمہِ قسمٕچ واو ِگلن سٕنتھ گیہ سُہ چھُ تی نٔی پاٹھی بزبان ظاہر کران۔ یِتہٕ ہکوٕ نتھ زِیٔلہِ کانٛسہِ زنہِ مٕرس کُنہِ اندٕ ظلم وستم واتان چھُ تہٕ امہِ تاثیرٕ مطابق پننہِ سینگ غوبارٕ بے واے وٕدی وٕدی کریکوٕ ستی لوٚژ راوٕن تہٕ چھُ انسانی فطرت۔ یِتھس زنہِ مٕرس اگر مجبور یا خوفہٕ کِنی ودنہٕ یا اوٚش تراونہٕ دِمونہٕ أمی سُند جذبہ گژھِ وُپھائی تہٕ۔ أمی ہٕندِس دل ودٕماغس پیٹھ سپدِ یوٚت جبر زِوٕ چھان وُچھان گژھِ أمس دِلچ دُبراے بند تہٕ پھٹ ٹھ گژھتھ مرِ۔ اتھ مبدل چھُ کانٛسہِ کانٛسہِ مردس تہٕ زنہِ وأردات شرٕ وپرانٛک طاقت تہٕ آسان۔ تہٕ یِتھِ وِ ے تاثیرو یتھ چھِ یم پننہٕ نَبن جذباتن ادیبانہ شعر ترتیب ستی فطری مالہِ ہٕندی پاٹھی پیش کران۔ یوسہٕ حالت أمی ہٕنز ودِل ودٕماغچہ تار وذریعہ تحریرس منز انان یا یِوان چھِ۔ یِتھ نہٕ أمس ورأے بیا کھ کانٛہہ شریک ِکار روزان چھُ۔ امہِ قسمٕچ شاعری چھےٚ یِتھس أندرمہِ حالچ باوتھ دِوان۔ یِہ تہِ چھُ پرٕزناوُن ضروٗری کہ شاعری ہٕندِس اتھ عالمس منز چھا کانٛسہ ہٕنز پوشہ مال سٕیدِ سیوٚد أمی ہٕندِ دِلچ پیداوار کِنہِ وقتی تہٕ حادثاتی وأرداتھ۔ یِتہِ چھُ آمت وُچھنہٕ زِ کانٛسہ چھےٚ نعمت قدرتن اٰڈرنہٕ أندری ترٰ ومژ آسان۔ مثالہِ

پأٹھی سر محمد اقبالؒ، امیر خسروؒ تہٕ عشقہٕ تبنبرٕ ستی مولانا رومی یُس۔

جدیدیت رکس یتھ سائنسی، ٹیکنالوجی تہٕ امریکی سامراجیت رکس دورس برونٛہہ یم شاعرتہٕ پأد گأمتی چھِ اُسی کینٛہہ روٗحانی، کینٛہہ فلسفی یا قومی لازوال بنیادن پٹھ پیش سپدٕمتی۔ تہٕ اَزی رکس مادی دورس منز چھےٚ شاعری سامرأجی خوفس تحت بازر یوان تراونہٕ سوائے صوٗفی تہٕ صوٗفیانہ شاعری۔ یوسہٕ وُن کٮ۪ن سبٹھاہ کم نظر گژھان چھِ۔ یہوے چھُ بوٚڈ وجہ یتھ صدی منز چھُنہٕ کانٛہہ انقلأبی یا قومی شاعر کلہٕ ہکان کڈِتھ۔ یتھِ پأٹھی زن انگریزن ہنٛزِ غولامی منز أسمتی چھِ۔

علامہ اقبال بحیثیت قومی شاعرتہٕ علامہ مودودی شرعی مجدد بارسس آیہٕ۔ یتہٕ گژھِ خبر آسنی کہ کینٛہہ وارداتی شاعری چھےٚ خدأیی رازَن منز سٔنتھ گژھتھے ووپدان تہٕ پٔنن اظہار کران۔ مگر عام لوٗکن چھُنہٕ فکرِ تران۔ یہُند اداے لفاظی تہٕ حوالہ جات چھ اصلاً رازدارانہٕ پٔزرس پَردن ہندول گتنہٕ ستی روپوش کران زِ عامِ بوزن وألی چھِ اَتھ دنیاوی خوشباشی یا مجنونانہ رنگ زأنتھ نہٕ بوز نُے موزون سمجھان۔ یمن تہٕ کھالونہٕ زیادٕ راہ۔ تکیازِ شعرِ باوتھ چھ جنسیاتی زیبأیی منز پیش آمٕژ کرنہ مثالہِ پأٹھی پَر یو (موکھے بیٹھکی موختہٕ وٕنس سوندرے) امہِ قسمکِ شاعر (صوٗفی شعرا) چھِنہٕ زانن والین جانکارن ہنٛدِ خاطرِ غارٕ اخلأقی یا جنسیاتی باپتھ موقعہ تہٕ مأل پھران۔

یمکی نتیجہ پتھ یِی ونو کہ اَمہ قسمچ رازِ قدرت درتحریر چھِ از بے قدرتہٕ آوارہ دِل زانتہٕ یوان۔ یا کُنہ قومس غولامی منز مَس گرٛھنک کھٹتھ تہٕ باثر ذریعہ بنان۔ کھسہٕ ؤنہٕ عُمرِ ہندِ ین جوانن چھُ امیک پرٛتھ مزٕ تہٕ مُپچھر باسان تہٕ امہ قسمہٕ کِبن شعرن چھُ جنسی Sexual آمادگی ہندبرگ باسان۔ یُیمہِ کِنٕز Sexual Smelling ستۍ یتھ جوان نٕرنک شوق بران۔افسوس چھُ یُیمہِ کتھِ ہُندتہٕ کہِ مادیاتی تہٕ جنسیٲتی مغربی بے حیاٲیی ہندی شاعرتہٕ چھ از موجود۔ بلکہ دوردرشن منزتہٕ رلہٕ مِلہٕ بدعت بنہٕ کہِ وجہ چھنہٕ یتھ مادی یتکس دورس منزتہٕ تھبن شاعرن یا یہند بن تھدِ درجاتن کُن کانٛہہ سنان یا زانان۔ تِکیازِ یہ چھُ راہِ عمل تصوف یا راہ سلوک یُس نہ کانٛہہ ٹھوس چیز اتھس منزٕ تھ ہاونہٕ یِیہِ۔N. Abstract امہِ کھوتہٕ چھُ اِکھ بنیاٲدی وجہ کہ صنفِ شاعری منز چھنہٕ New Generation یُتھ کانٛہہ سبق یوان دِنہٕ کہ مجازتہٕ حقیقت کیا گویا کُمس شاعرس کمہِ طرزٕ گرٛھ ہِ پرزنتھ۔ فلسفۂ تصوف توحیدی تہٕ روحانی جوڑ یا روحانیت علاوٕ انقلابی شاعریا کسب معاشی ہُند شاعرگس ونو۔

## صوفی تشبیہات:

یہ زانُن کہ مجاٗزیت لفظ یا اِصطلاح چھ حقیقتس تانی وَاتہٕ نُک سُہ اکھ پرٛدٕ یُس اصلیتھ زانہٕ خاطرٕ ژھارن واٲلس چھ ریاضات تہٕ

عملیات الٰہی کرنٕک احساس دِوان ۔ امہِ کھوتہٕ چھُ تہِ زیادٕ ضروری زانُن کہ شاعر (صوفی) چھُنہٕ ربہٕ (Allah) سِنٛزِ مصوری منٛز انسانٕنی حُسنہٕ کھوتہ بِیہِ کُنہ فوقیت یا اہمیت دِوان زانتھ ۔ توے چھُ سُہ شاعری منٛز امہِ جمالیاتی ذوقہ انسانی تشبیہ دِوان ۔ مثالہِ پأٹھی دردٕ نارن تُل محشر ہے ۔ زول نسے ہاے سوندری یے) ۔ یہِ زانُن چھُ واریاہ کریوٚتھ عقلہِ سٟتی اخلاق زانُن تہٕ رٕژھراوُن کہ یہ ظاہر یعنے مجازی طور چھُ یہ جنسیاتی جذبہ ہاوان ۔ یِیلہِ زن کُنہِ تہِ صورتس منٛز اتھ کانٛہہ شہوٲنی جوڑ چھُنہٕ ، تہٕ ہرگز ہرگز نہٕ ۔ البتہ ترِ یہ اتھ روحانی وتہِ پکہ وُنِس مسافرس آسانی سان فکرِ ، بے پیرو مرشدس نہٕ کُنہ صورتس منٛز ۔ سُہ تہِ تٔمی ہیے یُس صوٗفیتس سٟتی لے خوے تھاوان آسہِ ۔

## مجازتہٕ حقیقت

یرٛ ژھِہش عمل تہٕ اداے شاعری چھِ عوامی طور بنظر شریعت بوزن منع آمتٕ کرنہٕ ، یعنے کُلی طور چھُ گیوٚن یا کیٛنٛہہ شاعری ناپسندیدہ عمل قرار آمٕژ دنہٕ ۔ اتھ شاعری ہندس دُنیاس منٛز چھُ یہِ تہِ زانُن کہ شعرٕ سوٗمبرن یا رنٛگ برنگی پوشہ مال کرنہِ چھُنہٕ سہل کتھا ۔ تہٕ یہِ تہِ وُچھن کہ کتھ مُلکس کمہِ قسمچ نظامِ حکومت چھِ روزٕمٕژ یا جاری الوقت ۔ تہٕ کمن چھِ حکومتہ کہِ طرفہٕ حوصلہ افزأیی یوان کرنہٕ ۔ بلکہ وقتکی شاعر کتھ حدس تام چھِ مجازس تہٕ حقیقتس پیش کران ۔ یُتھ نہٕ زمانچہ بے

بدلی ستی اتھ اصلس تہ حقیقتس زاف اڑِ۔ تہٕ سرِ وجودس زان کرٕن بنہٕ نہٕ وارہ وارہ ناپید۔ تہٕ مادیت کڈٕ ژھٹھ۔ یہِ چھُ اکھٹا کارہ پزٕر تہٕ عمل کہِ شاعرٕ سٕنز باوتھ پھِ شاعری ونان۔ یعنے یمٕس یمہِ واردا تک اثر آسہِ سُہ چھِ تمے وٚدنچ یا خوشی ہنز کربکھ لایان۔ تہٕ چھکرِتھ پوشن کُنی مال بناوان۔ مِزازن تہٕ شعرن چھےٚ کُنِ ملہٕ وٚن، بلکہ چھُ شعرٕ برونٛہے کانسہِ ہٕنٛدِ مزاژُک باس لگان۔

## نعمت خدا شاعری

دنیاہس منز کرآیہ شاعری تہٕ کیاژِ آیہِ تہٕ امیُک کیاہ ضرورت پیو قدرتس یہِ چھےٚ تمٚی سے خبر۔ مگر خداے سٕنزن بخشایشن منز بوتہٕ دِل ودِمباغس یژھ شوٚب لاگنی چھِ تمٚی سٕنزی بے بدل عنایت۔ شرفِ انسانیت تہ افضل المخلوق بناوٚنس منز یہِ بڈ منت۔ یتھ پاٹھی چھُ شاعری ہُنٛد گوڈ سبٹھاہ پرٛانہِ وقتہٕ پیٹھ موجوٗد تہٕ جاٗری۔ تہٕ امکی موٗل سبٹھاہ سٕرٛن (Deep) تہ قدیم نظر گژھان۔ بحوالہ کلام اللہ چھُ یہِ اکھ نوٗن پزٕر کہ رٚبن چھُ پانہٕ شعر و شاعری ہُنٛد حوالہٕ کیٛژن سورہ جاتن منز اتھ متلق فرمووُمت۔ امہِ زمانہٕ تہ امہ برونٛہہ امیُک ثبوت دیُتمُت۔ درقرآن چھُ فرماوان۔

"و ما علمنه الشعر و ما نيبفى له".

یارسول اللہ ﷺ ہم نے تمہیں شاعری کے لیے نہیں فرمایا۔

اسہِ نہ حض چھوٕ توہہِ شاعری کرنہٕ موٗجوب وونمت۔

بێیس جایہِ پانہٕ رب فرماوان:

"الشعرُ تلا میز الرحمان".

شاعرلوگ براہ راست خدا کے شاگرد ہے۔

شاعرلوکھ چھ سێدِ سیوٗ دخدایہِ سٕندی شاگرد آسان۔

(۳) "الشاعر یتبعون الطاغون الا لزین آمنو و عملو الصالحات".

شاعرلوگ گمراہی کی طرف لے جاتے ہیں۔ سوائے اعمال صالح کرنے والے مومنین۔

شاعرلوٗکھ چھِ گمراہی کُن پکناوان سوائے تم یم مومن آسَن۔

یعنے رب چھُ تمن شاعرن متعلق فرماوان یم تمہِ وقتہ یا اَمہ بروٚنہہ آسہِ ہَن دَرکاینات برزمین۔

ظہورِ اسلام سٕہتھاہ ہ بروٚنہہ چھ ہندومت یا صنم پرستی دُنیا ہکس زیادٕ حصس منز موجود اٚسمٕژ۔ یہِ یێتِھن زیادٕ وڈھناونچ ضرورت چھُنہٕ۔ یِتہٕ چھُ نوٚن پزرزِ براعظم ایشایس منز چھُنہٕ کانسہِ پیغمبر سٕندِ پاٚدٕ گڑھنُک کاٚنہہ منشا رب العالمینس اوسمُت۔ اِوٚ موٗجب چھِ یتھ بر صغیرس منز ژٕ پاسے صنم پرستی موجود اٚسمٕژ۔ یتھ صٔدی تام یێلہِ جناب خواجہ معین الدین چشتیؒ ہندوستانس منز اسلامی تعلیم پھیلاونہِ آمتی چھِ تہٕ چینس منز سوائے بدھ ازم اوسمُت چھُ۔ اتھ مبدل گیہِ بر

اعظم افریقا ہس یعنے وسط ایشا کسِ عرباستانس منز بکثرت نبی تہٕ پیغمبر پاۂد گأمتۍ۔ مطلب چھُ یہ کہ یمن سارنی صنم پرستی تہٕ انبیا ہن ہنٛدٕ ہن زمانن منز چھِ شاعرِ تہٕ موجود آٔسمتۍ۔ مگر شاعری ہنٛز کانٛہہ مکمل کتاب چھَنہٕ باتواریخ تہٕ تاریخ موجود روز مژ۔ ممکنن ونو کہِ ہندوستان کہ قدیمی دور ویدک دورس منز آسہِ ہے ہندو وانہ شاعری۔ اتھ زمانس منزٕ تہِ ییلہِ گیتا چھ لیکھنہ آمژ اَمہ پتہٕ تہِ چھ والمیکی بیترِ ہنٛز شاعری روٗزمژ۔ اصل مطلب چھُ یہ کہِ رَبہٕ ہنٛدِس یتھ زمینس تہٕ آسمانہَ کسِ دینا ہس آو تمہِ وزِ سارسی سابقہ موجود اَتس ہر رنگ غأر اللہ قرار دنہٕ ییلہِ اک لچھ ژووُہ ساس پیغمبرن ہنٛد یو مانٛن والیوٗ ذٕسی الہامی کتابن ترمیم کٔرِتہٕ تابع مادیات دنیا بنأوِکھ۔ یہ خود رب ارشاد کران چھ تہٕ آدمہ صفی اللہ ہنٛدِ پتھ تا ختم المرسلین ﷺ آو پٔتم سو رُے منسوخ کٔرتھ اکھ پیغمبر، اکھ کتاب (فرقان) تا قیامت بحکم الٰہی روشن کرنہٕ۔ یتھ نہَ کانٛہہ ترمیم تہٕ بشریت غالب یا زور آور گژھِ۔ اوٕ کِنۍ چھُ کلمہ طیب تسلیم کٔرتھ اَمہ کِس عملاوَن والسِ پٔتھ یہ فرض سپد یومُت (عائد گومُت) کہ ربہٕ ہنٛزِ زمینہِ پٹھ گژھِ ربہٕ ہنٛزی نظام حکومت لاگو ین کرنہٕ۔ تہٕ انسأنی یعنے بشری قونوٗن نہ، ہرگز نہٕ ہرگز۔ بحکم رب نظام مصطفےٰ ﷺ عملاونہٕ یُن یتھ نہٕ انسأنی موقعہ پرستی قونونِہ ہتی انفرادی حاکمیت تہ جابریت پٹھاوٕ لی لبہِ۔ تہٕ جنگ و

جدل سپدن یہِ زن یتھ دورس منز ٹاکارٕ نٕنی پاٹھی جاری چھُ۔

## اسلامی پرچار چھُ سبٹھاہ کم

یُتھ نظامِ حکومت چھُنہٕ غار مسلمن ہنٛدِ خاطرٕ کانہہ چیرہ دستی نہ مجبوری عمل تہٕ بلکہ چھُ یہِ نظام صِرف مسلم اکثریتی ریاستن یا مُلکن پیٹھ امرِ رب تہٕ غار مسلم اتہِ اَستھ گژھن دین اسلام کہ رحمتہ للعالمین ﷺ ہنٛدِ بجرہ رحمت دایم محسوس کرٕن۔ تعصب تہٕ ضد نابود گژھن۔ ییلہِ پزٕی کنٕ اسلامی ریاست دروجوٗد ینہِ۔ اتھ مبدل چھ غار مسلم دین اسلام نہ زاننہِ کنِٕ یکوٹہٕ سپدان تہٕ یہِ اعلان امر رب یعنے خلافت پزٕھن والین دہشت گرد اعلان گرتھ دنیا ہس دون حصن منز تقسیم کران۔ پوز چھ یی کہ غار اقوام چھِ اسلامیاتہٕ نِش بے خبر، بیہ چھنہ موجود اسلامی یا مسلمان ملکن نِشِ اتھ پزرس نشر کرنہٕ خاطرٕ اطلاعاتی میڈیا ابلاغ رسانی ہُنٛد بھرپوٗرتہٕ ہمہ گیر ذریعہ استعمال سپدان۔ یُتھ دنیا ہس منز غار درسِ دین مسلمانن تہٕ غار مسلمن آفاقی دین فکرِ منز ییہ ہے، یہ کتھ تہِ چھنہٕ روپوش تھاونس لایق کہ غار اقوام چھنہٕ بحکم الٰہی تہنٛدِ تہذیب بُرٕ اخلاقیہ رد آمتی کرنہٕ۔

## اسلام چھُ پوٗ زنہٕ کہ دہشت گردی

اسلام چھُ پوٗزنہٕ کہِ دہشت گردی، مگر تمہ ماکرن اسلامی دستوٗر قبوٗل۔ ییمہِ کنٕ تمنِ تہٕ تہنٛد مذہب تمن ہٕنیہِ ہنٛدِ کھوتہٕ افضل زانان

چھُ ۔ یہ زان گڑھِ آسنہٕ مسلمانس کہ غآر اقوامس ستی کیُتھ رُت سلوک گُرن چھُ ۔ از پیغمبر ارشاد آمت کرنہٕ ۔ چونکہ مسلمان گیہِ مادیتکو شکار تہ پننہِ دینچ واقفیت چھنہٕ برسرِ عام تہٕ پوٗرِ دنیاہس رُود نہٕ پزِ شکلہ منز اعلان تہٕ مشتہر کران ۔ خدا دِین سارنہٕ پزرُک تہٕ برداش کرنک توفیق ۔ یُتھ غآر مسلم زانن کہ دین اسلام بارسس انن وٲلی چھنہٕ دہشت گرد بلکہ پننہٕ دینک وفادار تہٕ نظام باطلس خلاف سَر دوان، بلکہ غآر قومن ہند تہٕ غمخوار ۔ خیریمہٕ موٗجب مولود ختم المرسلینؐ اول وآخر انتخاب رب العزت چھُ سپُد مُت ۔

اصلی مقصد چھُ شاعری کُن یتھ دِموَ دلچوٗا چھو ستی پھیر، خود خدایہٕ ہندِس کلامس کُن سٔنتھ فطری تہٕ قودرتی دِموحوبیتھ سان دِھیان ۔ تہٕ زانو کہ ربنَ یتھ پننہ کلام تا قیامت لاثانی درترتیب آیات چھ دِیُت مُت امہِ منزٕ چھا صِنفِ اشعارُک وصف موجود کنہِ نہٕ، گوکہ شاعری ہیکو نہٕ کلامِ الٰہی یَس ستی کانہہ ربط یا رغبت دِتھ ۔ مگر قدرت تہٕ کلام قدرت کتہِ روزِ اَمچہ جمالی زیبائی تہٕ حُسنہ رؤس ۔ یلہِ زن رب حُسنہ ظاہر تہ باطن پنہٕ نبن بندن تہِ عطا کران آمُت چھ تہٕ روز جاری تہِ ۔

"ویزیدَ فی الخلق ما یشاءُ"

پٔرو پارہ عمہ سورہ جات ۔

(۱) "قُل اعوذ برب الفلق وَمِن شرِ ما خَلق"

(۲)" قل هو الله احد. الله الصمد. لم يلد. ولم يولد. ولم يكن. له كفوا احد".

(۳)"القارعته ما القارعته. و ما ادراک مالقاریه".

(۴)سوره الرحمان. (الرحمان علم القرآن. خلق النسان علم الهُ البيان. الشمس و القمر بحُبان. النجم و الشجر يسجدان).

(۵)"سوره انشق. اِزان سما عه الشقت واِز نَت لِر بها وحقت".

(٦)سوره القمر . قال مما خطبكم.

(۷)سوره یسین آیته. (۱۰)"احصينه فی امام مبین".

کثرت سے آیات (ن) کے حد.

(۱۱) "از جا عه ها المر سلون"

(۱۲) "اليكم مُرسلون"

(۱۳) "انتم الا تكدبون"

(۱۴) "انكم لمر سلون"

(۱۵) بلغ المبین"

سوره قمرسوره جات (ر) کے حد .

## شاعری بحوالہ فرقان

یم کینٛہہ سورہ جات چھ بحوالہ کلام اللہ تدبر کہ سنز رٕژھر اوٚنچ ضرورت۔ ووٚنی ییٚلہِ پوٚرٕ کلام ربس آیہ آیہ پھیُر دِموٚ تہٕ اَسہ ترِفکرِ پوٚرٕ پأٹھی کہ قدرتن چھُ پنٕن کلام تہٕ اَمِچ شیرپأرتژ کرِہٕنٛدٕن دوٚن پأترٕن برابر یہ پیمانہ سوٚمبرِتھ تھوٚمُت۔ یتھٕ پأٹھی چھُ پروردگارن پنٕنہ بندن ہٕنٛدِ خأطرٕ اَکھ روپوش سِری رغبت تہٕ اشارہ غیب خصوصاً براہ اہل اسلامیان توازن کلامِک (شاعری) حِس دِیُتمُت۔

اَسہِ بحیثیت مسلمان پزٕ دورِ آنجناب ﷺ تہٕ نازل وحی تہٕ امہِ بروٚنٛہہ شاعرن ہُنٛدٕ آسنک تہِ مدِ نظر رٹُن کہ ربن گر پٔتی مبن شاعرن ہٕنٛدی سأری کلام منسوخ تہٕ قرآن سجاوٚن تمہِ آیہ کہِ اعلان کوٚرُن زِ کٔیاہ کانٛہہ انسان ہیٚکیا امہِ کے مشابہ اکھ سورہ تہِ بنأوِتھ۔ یتھٕ پأٹھی چھُ ثابت سپدان کہ کُلی جمالیاتی صنف آسنک ماخذ تہِ چھُ قرآن۔ یُس تمام علومن ہُنٛد محکم بلاتر دید آگُر چھُ۔ یتے یوت نہَ بلکہ قرآنِ پُرنورُک حکم آوموٚ درِلیٚہ تہَ ٹھہرِ ٹھہرِ ستن باجہر ادا کرنکُ۔ یتھٕ پأٹھی ہمشیرہ حضرت عمرؓ پران اُس تہٕ تو ہُنٛد برادر بوٚزِتھ مسلمان سُپد۔

اَو زد علیہ و رتلِل قرآن ترتیلا (مزمل)۔ (ترجمہ) پُروقرآن صاف صاف تہٕ آہستہ آہستہ باجہر۔ قرآن کو خوب صاف صاف پڑھو۔ یتھٕ پأٹھی سورہ الرحمانک آیات عام طور حرفِ ن (اند

واتان ) سورہ قل ھو اللہ (د) سورہ انشاقس (ت) تہٕ سورہ لہب (ب)۔ پٔرِ وسورہ القمر (قال فما خصبکم) یِیمہِ کنٛز سارنۍ آیاتن (ر) اند چھُ۔ یِیلہِ زن رب چھُ پانے سورہ الشعرا اس منز فرماوان کہ شاعرلٔکھ چھِ یمے یم خیالی عنوان ترتیب دِوان چھِ مگر عملاً بے عمل۔ تہٕ یہ کینٛہہ یہ وَنان چھِ، یہ امرِ رب چھُ اَسہِ فکرِتاران کہ تمی شاعرمَہ آسیوٕ یم پنٛنۍ مضمون بے راہ روی ہند وجہ کِن وو پریمت آسن۔ یِیلہِ زن نعت گو شاعرن مومنن اَمہِ حُکمہ کنٛزِ حوصلہ میلان چھُ۔ مطلب چھُ یہ کہ خدایہِ کریمن چھُ پنٛنٕ کلام صِنف قُدرتہٕ ستی پوٗشہ مالہِ ہنٛدی پأٹھی بے بدل تہٕ لاثانی اَدبہٕ ستی سجأوِتھ تھوومُت۔ نعوذ باللہ ربس ہیکو نہٕ شائر یا شعر پسندیدہ قرار دِتھ لیکن اشعار یا شأعریم نعت یا مدح نبی ﷺ تہٕ نبوت موجب بارسس آمتی چھِ۔ تِم چھِ تسلیم رضاے رب قرار تہٕ منظور۔ یہ چھُ یِتھ ظاہری دُنیاہکس زبان اَدبس منزنوٗن تہٕ ٹاکارٕ کہِ شائر چھُ موازنہ اَشعار تھاونس ہر رنگ کوشش کران۔ یِتھ علم عروض چھِ دِپان تہٕ یہ چھِ تقلید علم و کلام قرآن پیش کران۔ یعنے تمی سُنٛد کلام تمی سٕنٛدِ عطا کرمٕژ۔ مدُرتہٕ میوٗٹھ ہٹہِ تہٕ زیوِ ادا کرُن یِیمہِ ستی ملایک مقربین ژٕسِتھ یِتھ بوزان تہٕ بندہ خدایہِ سٕنٛد خاطرِ بہ دُعا۔

## أیچ قبولیتھ کانٛچھان

گو قبلِ اسلام یموتہِ شاعری کرمٕژ آسہِ ہے تِم چھِ ربن بے راہ

روی تہٕ بے مقصد خیالات قرار دِتمتی۔ تمہِ پتہٕ تہٕ چھُنہٕ مسلمانس کُنہٕ
غاٸر مذہبس یا امہِ کہِ شاعری ہتی کانہہ ٹکراو کرنُک اجازت۔ سنوتہٕ یہِ
چھِ سبٹھاہ سنبرس کُن ماٸل پھِران۔ مگر دینِ اکمل قرار دِین روزنہٕ اِچ
جوازیت۔ تہٕ مسلمانس چھُ دینِ اسلام آفاقی تہٕ سایہ مخلوق ثابت دِین
گرتھ۔ یہِ شاعری تا حد نصوت نبی ﷺ تانیت تھاوُن، امہِ نبرِ شاعری
چھے بے اصول، بے راہ روی قرار دِنہٕ آمژ۔ سُہ وقت چھُ یاد تھاوُن
ضروری ییلہِ ۱۶ جُلے ۶۲۲ عیسوی سرکارِ دو جہانو ﷺ مکہ پیٹھٕ مدینہ تشریف
نیٔ۔ مدینہ کیو لُکو اوس نہٕ امہ بروٗنہہ جناب ﷺ ہُنٛد دیدار کوٗرمُت، مگر
شوقِ ایمان تہٕ زورِ عشق دراییہِ لُکھ تمن وژھِ واٗنجہ استقبالس۔ یِہنٛز
معصوم کورِ دراییہِ ڈری گری گری دف وایان خوش آمد بجالانہ مؤجب۔

## قدیم شعرا پتھ تہٕ با جہر ذکر درود۔

نعت نبی ﷺ شاعرن ہِنٛدی شعرِ زبو دفس ہتی ساز وآواز رلاوتھ
قدرتی تحریک تہٕ رِوایت بجا آیہِ۔ اَتھ دورس منزٕ تہٕ آسہِ ہن غاٸر
اقوامی شاعر تہٕ موجود۔ مگر تم اٗس بحکم الٰہی رد کرنہٕ آمتی۔ یِتھ پاٹھی
چھُ ہمیشہ خاطرِ حکم الٰہی یس تحت تسلیم و تصدیق کہِ شاعری چھِ در حد
شریعت تا حدِ نبوت برائے نصوت رضائے الٰہی تہٕ خوشنودی آں
جناب ﷺ زھارین تہٕ یہوے گے در نظامِ اسلام عمل آسنی۔
ییٛتہِ تھن ونو کہِ تم مسلمان یم کلام اللہ تہٕ ذکرِ خداذ کر جہرس یعنے

تھدِ تھد شوقہٕ سان درٗود پرنس غاۂر ضروری فتوی دِوان چھ۔ تم چھنہٕ وَانے حُکم الٰہی لیس مُنکر سپدان۔ تکیازِ زمان ومکان چھُ خدایہ سُنٛد ذِکر جہر گرٛشھہِ یتھ خالی آفاقس (فضا) ہس تہٕ امہٕ کِنہٕ ذرٕ ذٕراتَن تہٕ چرندو پرندن تام تاثیر رحمت بنٕن۔ کانٛہہ تہٕ تحریک ہیٚکہِ نہٕ ژھو پہٕ ژھو پایہٕ ستۍ بہ دُنیا بر مخلوق عملاونہٕ یتھ۔ حکمِ قرآن چھ مومنین کُن۔

یا ایُھا الذین آمنو یصلون علی النبی وسلموٕ تسلیما.

یہ چھ ہروزِ ہر جایہ بلند بانگ، بِانگہٕ ہٕنٛدی پاٹھی۔

**ذکر جہر پسند رب پیش کعبہ۔**

میچھ تہٕ مُدرِلیہٕ تھدِ پرٕن چھ خود حکم الٰہی۔ کمن چھُ یہ ذِکر جہر ناپسند۔ تہٕ اتھ فطرتی عشقِ آنجابس ﷺ ستۍ دِل محو تھاونس چھِ گانگل وٕنتھ پنہٕ نِس بشریت رتھِ کھالان تہٕ حُکم ربس نِش نکھ مُران۔ عباداتِ الٰہی یودوے پوشیدٕ پاٹھی پانسے یوت کافی آسہِ ہے تیٚلہِ کیازِ چھُ خود خدالیس در کعبہ بروٚنٛہہ گنہ ذِکر جہر تھدِ تھد پرٕن فرض تہٕ سنت تہٕ احکام حَج یٚیلہِ زن خدایہٕ ہے بروٚنٛہہ کِنہٕ اتھ طواف کران پران لبیک اللھمُ لبیک لا شریک لکَ لبیک۔ نعوذ باللہ خدا صاۂب چھا آرامس منزٕ ستھ وُزناونہٕ یوان۔ دھیان دِیو تہٕ اختلافن مَہ دِیوو وُتشِ، پزٕس خدالیس یٚیلہٕ پنہٕ نٕن بندن ہنٛز ذکرِ جہر پسند چھِ توہہٕ کیازِ کھرٕ وٕ۔ ذِکر درٗود جہر عربس تہٕ عجمس منز کیا اتھ کعبہ

شریفس اندی اندی چھِنا انسان بستی ین ہیٚنز کثرت تہِ یمن ایامن حائج صائبن ہیٚنز۔ تہٕ ساری اجتماع خیمہ زن چھنا در عبادات الٰہی مشغول آسان۔ تِمن ماچھُ تہنٛزِ کامہِ اعتراضہ مطابق کھبلی یا گانگل گرٛھان تہٕ تِہی معترض بنام توحید چھے امہِ نبر نیر تھ سرزمینس پیٹھ تھدِ ذکرِ الٰہی تہٕ درۄٚر پرُن منع کران۔ رب دِیُن حبس دینگ توفیق تہٕ ملی اتحاد روزِن قائیم۔

سرزمین کشمیر اسی تن یا برصغیرچ بُستی۔ یِتہِ جایہ جایہ صبح وشام پوزاے تہٕ شینکھ وَایہُ نک گریزچھ آسان تہٕ اوس تہِ۔ یِتہِ حکمتِ دین زانن وٲلی جناب امیرکبیرؒ وچھُ اتھ صنم پرستی ہندِ چر و گیوش بدلہٕ توحید تہٕ شفاعت الٰہی ستی برتھ اوراد فتیحہ بہ سرورِ نازنین ﷺ بہ ذکر جہر پرُن ہمیشہ خاطرِ اجتماعی برکت برمخلوق تہٕ اسلامی سیاست وسماجیت نظر رحمت رَب عنایت تھاوٕ میژ۔ یہِ زن تتہ پیٹھ تاکید اجازت اولیا اللہ چھ براے ردکفر۔ ردالبلاتہ ردِ شیاطین۔ یہ تاوجودزمین برزمین براے کُلِ احسان پَرنہ گرٛھِیُن۔ کتاب وسنت چھایہِ اجازت دِوان کہِ کُفر چہ تہٕ پوتلی پوزایہِ بوزِیو تہٕ قران پرٕ وٲندری اندری۔

**بعد کربلا مرثیہ**

کتھ چھے شاعری ہیٚنز۔ لیس مسلمانس تا حدِ نصوت نعت نبی ﷺ پسندِ رب چھ قرون اولی یعنے زمانہ خلافتہ پتھ تام روز یہ شاعری اتھ حدس تام مگر یِیلہِ واقعہِ کربلا سپُد تہٕ شاعری منزلوب ماتمی اظہار

کرنس بوجہ ماتم مرثیہ نۆ وجود۔

یہ اصلیت تہٕ پزر چھ سرٕ کھرٕ کرُن کہ معاملات دینس ستی شاعری تہٕ اَمِچ ترقی کوٗرکُن گے پکان۔ یہ شاعری چھ ابتدا نا معلوم چھ قبل اسلام تہٕ امہِ پتہٕ دور زمانن ستی اَز تام روز جاری۔ یہ شاعری کتھ حدس تام روز موافق شریعت تہٕ زمانکیو شاعرو خصوصاً مسلمانو کُس طریقہ ورتو وتوحیدس کُن یعنے اتباع الٰہی حکم اَستھ تہٕ زأنتھ۔ییلہِ ساری زانان چھ واقعہ کربلا پتھ نہٕ وانہٕ یزیدی حکمت عملی تہٕ شہادتہٕ ستی یُس اختلاف مسلمانن پیو یمہ کنہٕ فرقہ بنام شیعہ تہٕ سُنی نۆن دراو۔یہ بنو ملتِ اسلامی خاطرٕ اکھ نین تہٕ بٔڈ بدقسمتی۔ کہ مسلمانن منز (عباسہٕ تہٕ اُمیہ) حق و باطلس کُنہ اکہ فرقکہِ ہوس اقتدار موجب۔اَمہِ پتہٕ کہ دورہ گوٗ مسلمانن مسلکی جذبہ سوار۔ اکے قرانہٕ تہٕ حدیثہ کین احکامن سمجھنس پیٹھ گو اختلافی ہیجان پاٖدٕ۔ییمہِ سیت غأر مسلمن، انگریزن تہٕ یہودی قومن پوچھر لوب۔یمن اختلافن اند بۆ ردِنہ خاطرٕ گے وارٕ وارٕ ژور مصلح پاٖدٕ تہٕ اتحاد ملت کہِ خاطرٕ دِژھکھ اختلافی وَتھ صاف کُرتھ۔ژوہ باگی بِنتھ گۆ ژھ نہٕ جنگ وجدل ظاہر گژھن۔یم ژور مسلک تہٕ یہندی بانی رود اتفاق مِلتک ہر رنگ خیر خاہ وجودِ مسالِک۔یم ژور مسلک چھِ حنفی، حنبلی، شافعی، مالکی۔

| پیدائش | وفات | شہید |
|---|---|---|

امام ابو حنیفہ۔ ۸۰ ہجری ۱۵۰ھ ۱۷۹ امیں کتاب

امام مالک ۹۳ ہجری ۱۷۹ ھ موطا لکھی

امام شافع ۱۵۰ ہجری ۲۰۴ھ

امام احمد بن حنبلی ۱۶۴ ہجری ۲۴۱ھ

یتھ پاٹھی گے مسلمان علماء معاملات مسالکن منز آؤ رتہ اصلی مقصد مولود دین اسلام گو مشتھے یعنے احیائے خلافت (نظام محمدی ﷺ)

امہ علاوہ یُس نظریہ امن تہ عبادات پیشہ روزگار، تہ اَمہِ کہِ آسنہ باپتھ تہٕ حاصل برائے روحانیت پھبیو وتھ بنیاے شاعری اکھ بوڈ پوشیدہ ذریعہ تیچ بنیاد اصحاب صُفحہ برائے دُعا چھ تسلیم یوان کرنہٕ۔

### سبقِ خلافت مشراوُن

یمن مسجدِ بیت الحرمس منز اُکس اندس پٹھ جاے خلوت آو دنہٕ تہٕ جنابن ﷺ اُس یمن بہ وقت جہاد دُعا کرنہ خاطرِ ارشاد کران۔ یتہٕ پاٹھی چھُ یہ نوٗت ثبوت تہٕ حُکم بنان بلکہ سانہِ باپتھ اکھ راہِ عمل بنان کہ جہاد اصغر بروٗنہہ چھُ جہاد اکبر ضروری سامان رب۔ تہٕ امہِ پتہٕ کہ دورِ پیٹھ امہ مجموعہ عباد تک عملی تاو تصوف۔ یہ روزا اکھ بڈ بد قسمتی کہ ملت اسلامیہ یس منز دِیُت نہٕ کانٛسہِ عربستان کھو حکمرانو منز سبق خلافت۔ یہ تصورِ دین مشراوُنک وجہ بنیاے مسلمان غار مسلمن ہندی ذہنی غلام تہٕ یتھ براعظم برصغیرس منز بعد ھندا النبی ﷺ

تہٕ آیہ نہٕ کانٛسہِ سبب مولود دین اسلام سبق پھیلاونک کانٛہہ فکری عمل۔ یوٚ دوے ۱۸ ہم صدی ہٕنٛدس اَند دورِ زمانہ دراو علما ہو منز مولانا مودودی یُس نہٕ اِصطلاح تصوف تسلیم کران چھُ۔ یہنٛدِ تفسیر تہٕ علمی نظریہ مطابق چھنہٕ اِمچ کانٛہہ بنیاد۔ زمانہ خلافتکس اَندس تام تہٕ موجود دلبنہٕ یوان تہٕ پننہٕ دلیلہٕ ستی اتھ بدعت یا اضافہٕ دین زانٛتھ اصلاً احیاے خلافت دین بنیادی۔

## مودودی تہٕ احیاے خلافت

مقصدِ اسلام فِکر تاریخ لاحد تحریری کوشش کران رودمُت تہٕ یہوے تواریخ تجدید احیاے دین یعنے سبق خلافت برارض خدا بحال کرَین تہٕ یِس تہٕ انسانی ذُریات حاکم ومحکوم بلالحاظ مذہب وملت رکاوٹ یا ٹھوٚر بنہٕ سُہ گنہٕ تہٕ ذریعہ مصالحتی کوششو ستی اَتھ وَتہٕ تہٕ کھتہٕ پتہٕ اُنٛن کہِ مسلم اکثریتی ریاستس منز انسانی قانوٚنو بدلہِ اسلامی جمہوریت بحال کرٕن۔ قرون اُولیٰ کس دورس پتہٕ اصحاب صُفہ وجود چھُ لبان تہٕ دَور خلافتس منز تہٕ چھُ شعر وشاعری سواے نعتِ نبیؐ خلاف شریعت قرار روٗ دمُت۔ امہِ نیرٕ قسمہِ کس گوٚنس پیٹھ حکم دار اعلان آسان چھُ۔ جناب امیر المومنین عمر فاروقؓ چھِ اَتھ پکہٕ پاٹھی عملاوان۔ یہ تواریخی واقعہ آسہِ توہہِ یاد کہ اکہِ شبہٕ ییٚلہِ جناب امیر المومنین چھَ رانٛژ گشتس منز اکہِ مزارٕ کنٛی گزران تہٕ اتہِ چھ

أکِس قبرِ ہِنٛدِس سینٛرس منزٕ أکِس فردِ بزرگس تار وایان بوزان تہٕ جناب چھ أمِس نزدیک گژھتھ پرٛژھان کہٕ یہِ چُھ امیر المومنو تار وائِنس پٮ۪ٹھ حکم دار اعلان کۄرمُت توٚہہِ چھنا خبر۔ مگر مرد بزرگس یمِس چنگی چُھ ناواوسمُت اوس درعشق تہٕ مدح پیغمبر برتار کھائتھ پٮ۪ٹھ دِل دٔرفریاد گزاران۔ جناب امیر المومنینوؓ فرموٗ ویمن کہٕ پگاہ یِیہِ توٚہہِ پٮ۪ٹھ شرعی حکم لاگو کرنہٕ یہ بوٗزتھ کیا حالت آسہِ ہے أمِس پٮ۪ٹھ گزُرومتُ یہ ہیکہِ انسانی زُوزانتھ۔ مگر أمی سٕنٛز آہ زاری تہٕ کار چھ در حدِ مدح اوسمُت ییمہِ کنہٕ رحمتِ پیغمبری ﷺ درجوشِ رحمیانہٕ بنٛتھ تہٕ جناب امیر المومنینؓ ییٚلہِ اَمہِ شب بواپسی آرام فرموو تہٕ سرکار دوجہان آیہٕ درخاب تہٕ مذکورہ فردِ عاشقس فرمووک معاف کرنہٕ خاطرِ۔ یِتھٕ پأٹھی روزٕ أمی سٕنٛز یک تارہٕ نعوت پیغمبر سِند دور خلافت أسِتھ روپوش پأٹھی موجود۔ عشقہ تہِ مدحِ نبی ﷺ کہٕ حوالہ چھ ڈور ک رُسل میرن تہِ یِتھ پأٹھی اظہار درشعر کۄرمُت

تیوت ساز وایان یُتھ پیر جنگی
کونگی ہاوتےَ پان

## حسان مداح پیغمبر صلعم

گواکھ صفتِ سرودرۄد برقرار تہٕ سرۄدن تھوو پیر چنگی زندہ بلکہ شرعی بنٛدشہِ مطابق گۄژھ تمہِ دورِ پتھ اسلام کین عالمن اتھ منزٕ جبس

روزٕن۔ یتھس بدِ عتس گالنہٕ موجوب گژھُن یا شعار گویی کارِ جہاد زانتھ عملاً تہٕ شرعاً منسوخِ قرار دِین۔ شار سوائے تصوف یہ تواریخی واقعہ چھ نعت گو حسان بن ثابت پیش کران یُس جناب ﷺ ہنٛز رضا مندی ژھارنکسِ عشقس منز تمن ہمیشہ اشعار دٕر مدح پیش دربار حاضر سپدان اُس۔ اَتھ ہیکہِ نہٕ کانٛہہ منکرِ بنتھ کہ یہ وگنٛہٕ لاوُن وول معاملہ شار و شاعری باسوزِ دل تہِ منع آسون۔ ییلہِ زن اتھ حد بندی پیش دستورِ اسلام نیس چھَ۔ اَمہِ بدلہ شوق (جمالیاتی ذوق) حدٕ نبر تہٕ زمانو پتھ زمانن در شعر گویی موجود پکان آیہ۔ زمانہ ھجری برونٛہہ تہٕ پتہٕ اَز ینٛک تام اتھ ارتقاہس منز گو مغربی تہذیب زور آور بنٛتھ تہٕ شعر گویی زیادٕ پہن جنسیاتی لذتُک آگُر بنان۔ یہ سورُ ے چھُ مسلم علماہن ہنٛز غفلت۔

## اسلامی فوج کشی بر ایران تہٕ شاعری

خدائے سنٛز نورانی تہٕ غیبی کارسازی، یَس تہِ ربن توفیق دیُت اُمِس تموی چشموٗ چھ ناوان۔ ووٗنی وچھو کہِ شاعری یوسہٕ در نظام شریعت کُنہِ حدہ اندر جائز تہٕ تمہِ نٛیبر بلا مذہب وملت بے راہ روی ہُند موٗجب کلیتاً منع آیہ تہٕ اخلاقاً ترک گژھِ روزن۔ کتھِ پاٹھی روز دوہ کھو تہٕ دوہ برونٛہہ پکان تہٕ حدٕ نٛیبر روز شولہ ماران۔ عرب سرزمین پیٹھ کلمہ طیب پھٔہلتھ کٔر اسلامی فوجن عربہ نٛیبر مملکت اسلامیہ کشادہ کرنہٕ خاطرِ ایرانس پیٹھ فوج کشی تہٕ ایران بنو اسلامی ریاست۔

بمطابق تواریخ چھُ یہ حملہ جنابن ہٕندِ ہجرتہِ پتہٕ ۲۱ ؤہری سپدان تہ مسلمانو تھووُ اَتھ فتوح الفتوح ناو۔ بادشاہ ایران یز دگر دسویم سپد دستبردار۔ یتھٕ پاٹھی گٔر عربو ایرانس پیٹھ دون ہتھن ؤری ین حکومت۔ امہِ پتہٕ گٔر ایرانیو عربس خلاف تحریک شروع یتھ تمو (شوٗبیہ) تحریک تھوو ناو۔ بحوالہ تواریخ اَتھ مُلکس منز اٲس زٕ بڈٕ شاعر موجود یمن ہُند ناو عباس مروی تہٕ ابوحفض سعندی اوس۔ ابوحفض سعندی چھُ اکھ نامدار گوٚن وول شاعر تہِ اوسُمت۔ ییٚلہِ زن سُہ ترٛیمہ صٔدی ہجری منز از دنیا رژ امُت چھُ تہ عباس مروی امہِ بروٗنہہ زٕ ہتھ ہجری گُزریومُت۔ مطلب ذِکر چھُ یہ کہ اَتھ دورس ییٚلہِ اسلامی حکومت برا ایران اٲس تمہِ پتہٕ تہٕ اٲس گوٚن وٲلی تہٕ شاعری روپوش پاٹھی پنہٕ نِس فنس منز لارِتھ روٗزمژ یعنے یہند تہذیبی اثراتہِ گیہ ژوٚر ِ پاٹھی پکان۔ ایرانکس ابتدٲیی بادشاہ ہخامنشی داریوش ہٕندِ پیٹھ تا پکہ وُنین زمانن منز اسلامی تہ ایرانی تہذیب ہیوٚک نہ شاعری تہ شعر گوٚیی ڈٕ یتھ۔ ییٚلہِ زَن اتھ کُلس شاعری دِمو ناو۔ فطرتی، قدرتی جذباتی انسانی بشریت لیس آدمہٕ ہٕندِ تا آخر طلوع اسلام موجود روز۔ اتھ ملکس منز تہٕ آسہِ ہنن تصوفکی موٗل سٔنی تہٕ یِم وقتس پژ اران آسہِ ہن۔ وُچھوے یہوے ملک مسلمان بنیو و شاعرن ہُند اکھ بوٚڈ میدان تہٕ اتہٕ ووپدے بے شمار تھدِ پایکی شاعر حضرات۔ تواریخ

عرب چھنہٕ مسلسل شاعرن ہُند کانٛہہ پتاہ دِوان یمن ہنٛز شاعری
سوائے نصوت تہ مرثیہ بێیہٕ کینٛہہ آسہِ ہے۔ ایرانکس بادشاہی نظامِ
حکومتن منز گییہِ شاعری سنٛخ حوصلہ افزائی۔ یُس شاعر یوتاہِ تہٕ
بادشاہی کارنامن تعریفن ہُند رنگارنگ پوشہ مال بنائِتھ پیش دربار
کرِ ہے تیوٗتاہ اوس تمِس مدح خوانی پٮ۪ٹھ زر چھ تھیلہ بخشایشہ یوان
دِنہ۔ اَمہ علاوہ چھ نامورتہ قدآور صوفی تہ شاعراتھ ملکس منز پاَدٕ
گاَمتی۔ عرفی، شیرازی، امیر خسرو، حافظ شیرازی، نظامی، جامی تہ
عطار۔ مطلب چھ یہ کہِ یێتہِ مسلمانن شاعری صرف نعت نبیؐ تان
محدود حکم الٰہی چھُ تتہِ رٕوٗدنہٕ تتھن دورن منز شاعری کانٛہہ حد تہ اند
موجود۔ تہ کاَتیاہ بنیائے بادشاہی دربارن ہنٛز رونق تہ برائے حصول
معاش وظیفہ رٹان۔ ملکِ ہندس منز یوٗ دوے سیٹھا بروٗنہہ شاعری
موجود چھ اَسمٕژ تتہِ گونہ اتھ کانٛہہ دینی، یا سماجی خلل یا مداخلت، اِدٕ
یێلہِ سٮ۪ٹھاہ ژیرِ خواجہ محی الدین چستی ؒ بحکم الٰہی از ارشاد پیغمبر ێتھ
آذرستانس منز جہاد اکبر ک سامانِ باطن روحانی طاقتہٕ ستی اسلام
پھہلاونہٕ آیہِ۔ مگر مسلمانن قران بروٗنہہ کنہِ اَستھ تہِ گونہ زانٛہہ اَمہِ
اصلیتُک جذبہ ایثار تہ قومی اتحادس سان اسلامی ریاستُک ظون پاَدٕ۔
مگر شعر و شاعری روزامہِ پتہٕ تہِ موجود حالات مسلمانان کیاتہ غیر
موزون آسہِ ہن یمن آونہ اُمیک مُشک، تہِ گوکہ شاعری اداتہِ اَس

اَمیچ بہترین ادا تہٕ محققِ محدث اٗس امکی ذمہ دار۔ یوٚ دوے ہندو
ستانس۔ یتھ صنم پرستی تہٕ تہٕ کثرت مسلم آبادی ریاستہ تہٕ بووجود آیہ مگر
بذاتِ کوٚرنہ یموجُرات اظہار خلافت، اَتھ دورس منز یِیلہِ ہنود آیہ
زیرِ سایہ کلمہ طیب تہٕ عملِ تصوف یہ زن بروٚنہی ہندواز مس منزاز ابتدا
جاری چھُ تہٕ مسلمان بٔنتھ آیہ نہ اتھ عملہ ہٕندِس سلسلس منز کانٛہہ زیادٕ
انقلابی فرق۔ مسلمانی بنیاٖے پانٛژھ بنیادی اراکین تہٕ اتھ ستی بااتباع
پیر سر پرستی۔ یتھ امن تہٕ اقتصادی ترقی لأزم زانٕنہِ آیہِ۔ چونکہ
مسلمان اٗس تہٕ رود تہٕ غریب تہٕ اَن پڑھ، بیٚیہِ تہٕ یتہِ اقلیتس منز۔
تتہِ بنیاٖے تہنٛز بانگ دِن تہٕ مُشکل۔ مگر تمہِ پتہٕ تہٕ روٗدی ہنود برابر
پوٚتلبن پوٗزاے کران بےٚ خلل تہٕ بےٚ پھریوک تہٕ روٗدی شکلن
پوٗزاے کران۔ مگر مسلمان مرشدس گُن یعنے صِرف وٚتھ ہاوِکی تہٕ
رہنما براے عبادات۔ گو ریاضات یم ژورن یارن ہُنٛد بسلسلہ تا اولیا
کاملین واٗتی تمن تہٕ اوس پٔنُن درجہ پیش رب بذریعہ مرشد حاصل
گومُت تہٕ طریقہ عملیات۔ مِثالہِ پاٗٹھی جس نفس، اذکار جہر تہٕ خفی۔
حالانکہ اجازت وظیفات کلمات چھِ شرعی طور پانہٕ جنابوٚ وزِ زِ اصحابنؓ
تہٕ طالب ہدایت براے مشکل کشاٗیی دِتمتی۔ مگر کینٛہہ عملیات چھ سری
طور بموجود علی کرم اللہ تعالی وجہہ روایت یوان کرنہٕ یم جناب حیدرؓ
کرارن باب العلم زانان چھ مگر مُلک ہندس منز یِیتہٕ صوفیتُک بیول

موجود اوس اسلام قبول سپد تھ گو زیادٕ پہن اَتھ فروغ حاصل تہٕ
خصوصن روحانیت کہ ناوٕ گوشرک وبدعاتس ہنٛد وانہ ملاوٹ تہِ۔ اولیا
کاملن ہنٛز ووتہِ یہ ممکن چھُنہٕ مگر گوٚنس تہ تار وائنس لوٚگ چرچہ۔
بسلسلہ نقشبندیہ گو یہ تار وساز منسوخ در عبادات۔ تہ کینٛہہ سلسلہ بانی
روٗدی خاموش۔ مگر کنیٛزٕ ھو پانس صوفی دعوی کرن والیٖ دِژ اَچھ
رہوایت بسوے سلسلہ قادری۔ تہِ تمہِ کھوتہٕ زیادٕ کھولکھ جناب چستی
صاحبس بارِ۔ حالانکہ پانہٕ دسگیر صاحبن اوس روبروے جناب چستی
تمن تار وائنگ منع کوٚرمُت۔ یہ زن تم بہ زورِ عشق نبی ﷺ در مدح
بولنہ ھُہک نہِ تراوِتھ۔ مگر تمہِ پتہٕ تہِ روٗد یہ صنفِ مسلمان حکمرانن
ہنٛدن زمانن منز پھبان۔ مدح نبوت یعنے حدِ نصوت نیٚبرِ پھبیو ویہِ
ساز وسرود تصوفکہِ ناوٕ روحانیت حاصل کرنس منز۔ تہِ یِتھ پاٹھی آیہِ
نہ کانٛہہ اصلاحی تدبیر یار کاوٹ کرنہٕ ییٚلہِ زن ہر دورس منز محدثین تہ
محققین اسلام پاٲد گے۔ جہاد اکبر یعنے روحانی تصورات علاوہ گے
سماجی، اصلاحی پسند شاعرِ تہٕ پاٲد ییمہِ خاطرٕ اکھ نٔوی صنف یعنے ناول
نویسی تہِ بارسس آیہِ۔ یِتھ پاٹھی ٹیگوریم پنٛنی اکھ بلندی حاصل کٔرتہٕ
گیتادر شاعری تشکیل دِژ۔ مگر مسلمانو منز یتہ مُلکس منز لاتعداد محقق تہ
محدث پاٲد سپدی تتہِ گونہٕ کانٛہہ قومِ مسلمانہِ یتک انقلابی شاعر پاٲدٕ تہٕ
یہ مرتبہ تہ منصبہ گوٲخر حاصل صرف شیخ محمد اقبالس۔ یِمۍ شرعی

احکامن ہٕستی ادراکی نظریہ کری جامہ ولِتھ دراشعار پیش ۔ تہٕ یِیمہِ
اندازٕ یہ فطری شاعری قومی تہٕ قومیت مسلمانن منز بیدار کران چھہِ ۔
یِتھ کانٛہہ شاعر چھُنہٕ نظرِ تل وسطِ ایشیاہس تاں پاۓدٕ سپد یومُت ۔
یوٚدوے تتھ سرزمینس پٮ۪ٹھ تہٕ شاعر مبعوث گاۓمتی آسہٕ ہن شاید
تِمن مسلمان حکمرانن تہٕ عوامس آسہِ نہٕ یُوتاہ نٕنٛدرِ نال وولمُت تہٕ
کلام اللہ صرف کارِ تلاوت تام تھٲوِ رُودمُت ۔ سائنس تہٕ اپٕج
وبٕژھ مشاہٕمژ تہٕ سیاسی غلامی عشرتس منز آمٕژ ۔ یُوتاہ بے حِس
رُوزمٕژ کہ بیتُ المقدس پٮ۪ٹھ گو یہودی جابر ۔ اقبال صابن کوٚرکلامِ
الٰہی پنٕنٮ۪ن شعرن منز یِتھہِ پاٹھی پیش کہِ مسلمان سُنٛد وجود تام
کوٚرُن بدرگاہ الٰہی دُعاہس ہٕستی یِیمہِ عنوانہٕ پیش (آرزو)

یا رب دلِ مسلم کو وہ زندہ تمنا دے
جو قلب کو گرما دے جو روح کو تڑپا دے

کشمیری:

یا رب دِل مسلمانس دِ سہ گرٕبژ وُن تمنا
یُس اٰمی ہٕنٛدِس دِلس گرٕکھ دِتھ رُوحس کرِ بے قرار

یہ ننہِ وانہٕ برمحل تمنا چھُنہٕ بناوٹی بلکہ شاعرن ہٕنٛزن دِلہ چن رگن
ہُنٛد آرزُو تہٕ یہِ اسلامیات اخلاقی گفتار ۔ تہٕ رودِ یو شاعری تہٕ شاعرن
متعلق واقفیت پران خصوصن انسانی مزاجن منزیٚس وو پدان آمٕژ

تہٕ جأری روزِ۔ اِو کنِہ چھُنہٕ ربن اتھ ناپید کرنک یا کُلیتاً بند کرنک
أخری حکم دیُتمُت۔ یِیلہٕ زن توحید پرس اتھ کلیتاً منع کران چھِ۔ شیخ
الاسلام ابن تمیمہؒ چھِ لیکھان۔ کہ ژورؤنی امامن نِشہٕ چھُ ہر قسمُک
اَوزار لبوطرب ساز وموسیقی حرام۔ (مجموعہ فتاولی)۔ یِیلہٕ یم آیات
چھِ اَمہٕ شأعری متلق درقران حُکم رَب:

ا. وما علمنه الشعرَ و ما ینبغی لهٗ (یا رسو ل الله صلی الله علیہ وسلم)

۲. الشعر تلا میز الرحمان.

شأعر چھُ سیّدِ سیوٚد خدایہٕ سُند شأگرد آسان۔

۳۔الشعر یتبعون الطاغون الا لله آمنو عملو الصا لحات .

شأعرلۆکھ چھِ گمراہی کُن نِوان سواے تِم یم ایمان أنتھ اعمالِ
صالح کران چھِ۔

یمن احکامن تجزیہ کرنہٕ پتہٕ چھُ معلوم سپدان کہِ شأعری چھِ پیش
رب أکسے حدس تام منظور کہ یہ گژھ اصلاحِ قوم تہٕ حدِ نصوت تان
آسنی۔ مسلمان شأعرن ہندِ خاطرِ چھ اَمچ سخت حد بندی۔ یعنے تِم شأعر
یمو ایمان اون تہٕ اعمالِ صالح کرِکھ چھِ ربس پسند۔ یتھ پأٹھی چھے
شأعری مسلمانن ہندِ خاطرِ پرکھاوچ تژ کرتہٕ دستورِ اسلامس تحت پابند۔

سماع کیا گو

اَمہٕ نِبر نیر تھ چھ الشعرُ یتبعون الطاغون۔ شأعری گمراہی

ہنٛز آلہ کار بنان شاعری یتہٕ اتھ ساز و آوازس یکوٹہٕ لے دِنس تہٕ
بوزنس چھ سماع ناو پیوان۔ ذراوٗ چھوکہ یہ سماع کتھ حدس تام چھُ
مسلمانس پیٹھ جائز تہٕ جناب داتا گنج بخش علی ہجویریؒ کیا چھِ اَتھ
متعلق اسلامی نظریہ پیش کران۔ ووٗنی یَیلہِ زن یتھ مسودہ شاعری
منز آوکینٛژھن نزاکتن پیٹھ کم وکاسہ بیان کرنہٕ تہٕ یہ چھ ثابت کہِ خود
ربس چھ میٹھی تہٕ مدٕ ریر آوازِ پٔنٛن کلام پنہٕ نِسی بندٕ ہنٛدِ ہٹہٕ بوزُن پسند۔
تہٕ تَمی تہِ چھِ پننین کائناتیاہن جانورن مُدر آواز تہٕ لے عطاعہ کرٕ مٕژ تہٕ
پنٛن کلام پاک (فرقان) ہر رنگہ تمام زبانیو منز بے مثال تہٕ بے بدل
حروفن زیر و زبر ستی لامثال بر بندگان وحی کُرمت ادائے تلاوت لے
تہٕ محبتہٕ ستی وُپھ وَن جانورتہٕ متاثر گژھان۔ تہٕ جنت نما بناوان۔

## سماع یعنے بوزون

لغتی زبأنی منز چھِ بوزنس سماع ونان۔ یہِ لفظ چھُ عربی تہٕ فارسی
گنٛزرنہ یوان۔ یتھ ریاستس منز چھِ فنون لطیفہ گیوٚن بوزنس سماع ونان۔
سماع لفظ گو بوزن۔ یوٚ دوے یہ لفظ کُنہ تہِ بوزنس استعمال ہیکو
کٔرتھ مگر تمہِ پتہٕ تہٕ چھُ یہ صرف گیون بوزنس خاطرِ درزبان تہٕ شعوری
طور مخصوص تہٕ ژأرِتھ لفظہ۔ یہ فطری خاصیتھ چھِ ربن پرٕتھ کأنٛسہ دِژمٕژ
بلکہ چُھ یہ فن تیوٚت پُرکشش کہ ربس تہٕ بندس نزدیک یا دور گژھنگ
اکھ امتحان بندہ ہنٛدِ خاطرِ۔ بندس چھُ یہ فطرتی حق حاصل کہ سہ بوزِ

شعر یُس مباح چھُ قرار دِنہٕ آمتُ مگر منع تہٕ چھُ نہٕ۔ یۄ دوے یہ تصوفک دیُت پچھُ۔ یتھ منز مادیتُک کانْہہ مُشک چھُنہ تہٕ یم منازل الٰہی تہٕ اَچ رہنمایی درریاضات پیش کران چھُ۔ مگر مجازی ادا آسنہٕ موجوب چھ شرعی طور کُلیتاً منع۔ مطلب یہ کہ یہ نہٕ فِکر ترِ ہ تہٕ درمبدل گمراہی کُن نیہٕ۔

## جایزہ بحوالہ کشف المحجوب

چھُ موسیقی خاطرِ لفظ استعمال آمُت کرنہٕ۔ییلہِ زن سماع صرف راہِ ہدایت تہٕ انسانٔی وجود دایماً نفس اِنفاس ربس کُن آوریر تھاونہٕ موٗجب اَوے چھُ کینژھ اولیا اللہ ہو یہ کُنہ کُنہِ عملو وُمُت مگر حدِ شرع نِش ڈلنس کُنہِ نہ۔ یعنے ساز و آواز دِتھ بنیو و یہ نسِل مُسلمانی ہِنْدِ خاطرِ۔ (سماع) کھٹِتھ اک سمِ قاتل تہٕ اتھ منز چھُنہٕ کانْہہ شک کہ اکثر صوفیاے کرام چھ خدا زان کرنس منز ترکِ ہوس دُنیا قطعی طور کوٗرمُت تہٕ شرعی دنیاے سُنت تر وومُت ییمہِ کِنۍ علامہ مودودی چھ ہول گنڈتھ اتھ مخالفت کران روٗ دمِتۍ، حالانکہ بشری حاجات کمزوریو تہٕ جنسیاتی مجبوریو کِنۍ چھُنہٕ یہ آسان تہٕ سہل یعنے درجہ ملکوتی چھُنہٕ انسانی ضبط تہٕ طاقت ممکن۔ مگر یم خصوصی افراد چھ ربن از لے یژھ ہمتۍ آسن تہٕ در دنیا یہوے تقدیر و تدبیر للناوِتھ کریژھ کنڈین پٹھ انفاس گزاران آمتۍ۔ مگر شرعی اصولن تحت چھُ بشری اِنسانن یم راہب باسان۔ ییلہِ زن طلوعِ اِسلامہَ پتہٕ دُنیایم ترأوِتھ بس اللہ ژٹھ ترو

تہٕ اِسلام تہٕ بشری لوٗکن ہٕنٛدی ہدایتی رہنماتہٕ وسایل مشکل کشارٕ دی تہٕ روزن تہٕ تہٕ جاری تہٕ چھُ ۔ گواتھ تہٕ چھنہٕ انکار کہ درشریعت چھ یم الگ تہٕ کانٛہہ غیر حرکات دین باسان مگر راہب چھنہٕ روزان یہٕ چھُ الگ عنوان تہٕ بحث طلب چھنہٕ یتھ کتابہ منز۔ ییٚتہٕ نس ویرٕ ھناوٗن ممکن۔

## سماع

مُباح زانٛتھ چھُ جناب داتا گنج بخشؒ پننہِ کتابہ کشف المجوبہ منزہ بہ نظریہ اسلام یہ قدرتی جبلت زانٛتھ یہ واقعہ پیش کران (برصفحہ ۱۷۵)۔ حضرت عایشہ صدیقہؓ چھ فرماوان کہِ مےِ نشِ اٲس اکہِ دوہ اکھ داے (لونڈی) انہرِش کور گیوان اٲسی دوران مونگ جناب حضرت عمرؓ صابن اندر اژنک اجازت، یتھےٚ اٲمس خبر گیہٕ تمیٔ کر ژھوپہ تہٕ ژٕج یتھےٚ جناب حضرت عمرؓ اندر ژایہ۔ جناب ﷺ فرموو تبسم۔ جناب عمرؓ صابو پرژھس وجہ تبسم۔ جنابو فرموو کہ سانٛی داے اٲس کیٛنٛہہ بہ آواز گیوان۔ ییلہِ تمیٔ تہنٛز آواز پربزِنتھ بوزتہٕ سوژج۔

حضرت عمر صابو کوٚر عرض یوتام نہٕ بہٕ تہٕ بوزِ تی یہٕ تہٕ بوزان اٲسو بہٕ نیرِ نہٕ توٗتام۔ جناب ﷺ اننہِ ناوسو کورتہٕ ونناوِکھ تی یہِ سو ونان اٲس۔ یتھ پاٹھی ونو کہ دین شریعتس منز چھُ شعر بوزُن مباح، تو تہٕ چھِ جناب ﷺ تہٕ اصحاب صاب اشعار بوزان رٕ دمتی۔ تو ے چھُ جنابو فرمُت۔

"اِنَ مِنَ الشعر الحکمِہ": بلاشک چھ کینژھن شعرن منز حکمت۔ یِتہِ فرمووک۔ "الحکمہ ضالتہ المومن حیثُ و جُدھا فھو الحق بھا".

یعنے حکمت چھ مومن سُند رووُمت چیز یِتہِ فرمووُکھ یہِ حاصل گژھِ سہُ چھ امیُک زیادٕہ حقدار یتھ سُہ حاصل کرِ۔ جنابو ﷺ فرموو۔ "الصدق کلمتہُ قالھتا الصرب قول لبید".

سارِوی کھوتہٕ یُمۍ عربہ کوٚمنزٕ وون سُہ چھ لبسید شاعر سُندیُمۍ وون کہِ

"اِلا کُلِ شئف ما خلا اللہ باطل"

"و کل نعیمہ لا محالتہ زایل"

بوزیو، خدالیس بغأر چھُ پرٛتھ کینٛہہ باطل

تہٕ پرٛتھ نعمت چھ زوال پذیر

عمر بن الشرید چھ پننہٕ نِس مألس نِش رٕوایت کران کہ اَکہ دوہ کوٚرمےٚ جنابو ﷺ شعر بوزناوُنک حکم تہٕ پرٛژھہم کہ کیاژ چھِیا اُمیہ بن الصلحت سٕندی کینٛہہ شعر یاد؟ اگر چھی تہٕ اسہِ بوزناو، تہٕ مےٚ بوزناوِ کھ اکھ ہتھ شعر۔ یِیلہِ اکھ شعر اوٚسُس موکلاوان وٕنتھ تہٕ فرماوان اَس بیٚیہِ بو زناوِو۔ جناب صلعم فرموو اُمید شاعر چھُ پننہٕ نبن شعرن منزٕ اسلام تسلیم کران۔ صفحہ نمبر ۵٦٧۔ کینٛہہ لوٗکھ چھ شعر بوزُن حرام قرار دِوان تہٕ رات دوہ غیٖبتن منزٕ آوٗری روزان۔ کینٛہہ چھِ پرٛتھ شعر حلال زانان تہٕ

رات دوہ غزلیات تہٕ حُسن وزلفکی تأریف بوزان۔ دوشوے چھ اکھ أکس ستی اختلاف کران۔ مگر مےٚ چھُنہ یمن ستیٚ نہ کانٛہہ تردید تہٕ نہ تأیید۔ غرض اصل چھُ یتھ پأٹھی سمجھن کہ مشائخ چھ فرمانِ آن جناب صلعم نشِ فیض یاب سپدان۔ تہٕ فرماوان۔ کلام حسنہہ وقبیہہ قبیح۔

شعر چھُ یُتھ اک کلام کہ یمیُک حصہ رُت تہٕ چھُ تہٕ بُرتہٕ چھُ۔ یم کتھ نثری کلامس بوزھین حلال چھے۔ مثالہِ پأٹھی یہ کہ حکمت، نصیحت آیات الٰہی استدلال تہٕ تھچہِ وضاحتی دلیلہِ پیٹھ سنبرٕ سان دھیان تہٕ تلاش کرُن۔ تہٕ یمن بنیادن تہٕ اصولن ہنٛز شأعری چھِ بوزِن حلال۔ ژھوٹی پأٹھی ونو کہِ یتھِ پأٹھی فتنہ پأدٕ کرِوٕنس حُسنس پیٹھ نظر کرٕن حرام چھِ یتھے پأٹھی اَمہِ قسمکس نظمس یا نثرس بوزنس تہٕ منع تہٕ حرام۔ اگر کانٛہہ شخص شعر بوزنس چھُ کلیتاً حلال یا جائز سمجھان تہٕ چھُ کُفرس تہٕ بے دینی منز مبتلا زانُن۔ تہٕ یُس شخص یہ ونِہ کہ بہٕ چھُس حسن صورتس منز خدایہ سنٛدِ حسنُک جلوہ وُچھان تہٕ طلبِ حق چھُس یژھان۔ چھُ تس تانی جان حالانکہ شریعتچ لاحدتہٕ انتہا پاسداری برقرار تھاونہٕ موجوب چھُ جناب صلی اللہ علیہ وسلم فرمومُت العینان تزنیان یعنے غأرمحرمس دوشویوٚ أچھوٚ وُچھن تہٕ زنا کران۔ چنانچہ وُچھنہٕ تہٕ کرنہٕ ستی تہٕ چھُ شرعی حکم ساقط گژھان نافرمانِ شریعت۔ تہٕ یہ چھِ بظاہر گمراہی۔ جاہل لوٚکھ چھ صوفیا کرامن سماع کران وُچھان حالانکہ تم

چھ بے اختیار سماع کران۔ مطلب اصلی یعنے مانے لیس تہٕ مرادس سٕنتھ مشغول گژھان۔ تہٕ یہنٛد یہ طریقہ ادا وچھتھ چھ جاہل لوٗکھ اَتھ حلال زانان۔ مگر یِیلہِ امہِ کٕبن اصولاتن تہٕ بنیادی استدلالن سمجھتھ یہ حلال آسہِ ہے نہٕ تیلہ مابوز ہن صوٗفی لوٗکھ۔ چناچہ جاہل لوٗکھ ظاہر اختیارات زانٛتھ تہٕ باطنس نہ زانٛتھ یہ موزون سمجھمت یِیلہِ زن اصلی لوٗکن ہُنٛد سماع چھ مقصد اصلاحِ نفس۔ یِمو یہ نہ زانٛتھ اختیار کوٗر تم موٗد پانہٕ تہٕ پانس پتھ پتھ پکن واجینہِ جمازتہِ کریکھ بُرباد۔ یہ چھُ نظام اسلام خاطرٕ بدقسمتی۔ رَب گرِن اصلگ ہدایت۔

میچھر رژِ آوازِ تہٕ ترنم (ترتیب آوازِ) منز سماع

(Last Page 568 - Keshtul Mejoob)

پیغمبر آخرالزمانؐ چھِ فرماوان۔

زینو اصواتکم باالقران

قرآن پرَنس منز سنبھالو وٕپنٕنۍ آواز

خدائے کریم چھ فرماوان

ویزید فی الخلق ما یشاعہ

وہ پیدائش میں جو چاہتا ہے زیادہ کرتا ہے۔

سُہ یِیلہِ یژھِ زبنس منز چھُ اضافہ کران۔

یہ چھِ اکھ پرٛژھ (پہیلی) تفسیر کرن والیو چھُ امیُک مراد نیوٗ

مٕتۍ۔ سبٹھاہ رٕ ژِ آوازتہٕ ترنم لےسان قرآن پرُن جنابو فرماوو۔ کہِ یُس شخص داوٗد علیہ السلام ہنٛز آواز بوزِن یژھِ سہ بوزِن حضرت ابو موسیٰ اشعری سنٛز آواز۔

Page 569 K. M حدیث شریفن منز چھِ ذکرِ آمُت کہ جنتس منز آسہِ جنتیَن سماع حاصل روزان۔ یمیُک ذریعہ بیٚون بیٚون کُلَن ہنٛز میچھ آوازہ یم جنت منز نیران آسن۔ بیٚون بیٚون آوازہ یکوٹہ گٕرِتھ لیس حالات متاثر بردلِ پأدٕ گژھان۔ مزاجس چھِ کُلی حواساً امہِ ستی لذت تہٕ میچھر حأصل گژھان۔ اَمہ قسمُک سماع چھُ انسانن تہٕ حیوانن منز عام۔ تکیاز ِ روح چھ اکھ لطیف چیز تہٕ آوازِ منز چھِ اکہِ قسمچ لطافت۔ یِیلہِ ارواح چھ بوزان (درحدِ شرعی نظام مدح تہٕ نصوت) تَم چھ پننہِ ہم جنسن کن مائل تہٕ متوجہ گژھان تہٕ یہِ چھ دراصل اطباع لوٗکن ہُنٛد خیال۔ تحقیق کرن وٲلی عالم تہٕ چھ تجرباتی پتھ دعویٰ کران تہٕ ونان کہِ اکہِ دوہہٕ اُس اسحاق موصلی اَکِس باغس منز گوان تہٕ اکھ بلبُل تہٕ اوس پننہِ پأٹھی ووسنس آمُت۔ اسحاق موصلی سنٛز آواز بوزِتھ گوسہ خاموش تہٕ گُلہِ پیٹھ پیو پتھر تہٕ موٗد۔ مقصد چھُ یہ زأنُن کہِ انسان تہٕ حیوانات چھِ سماعَس لذت تُلان۔ یوٗتاہ کہ اتھ منز چھُ پزر۔ اونٹ تہٕ خر چھ گوٗن بوزِتھ مَس گژھان تہٕ ملکہ خراسانس منز چھُ یتھ پأٹھی تہٕ شکار کران، کُلی طور چھُ یہ زأنُن تہٕ اتھ

پٔتھ عمل کرٕن۔ کہ یِمہٕ عملہٕ ہند ظاہر معاملہ فِسق بنہٕ یا اتھ پٔتھ آسہٕ تہٕ
باطنی طور پٔھ تاثیر بیوٗن آسہٕ اتھ پٔتھ قطعی حُکم دِیُن چھُ مشکل تہٕ نا
مناسب۔ یُتھ تانیت نہ سماع سمجھ یِیہٕ۔

## سماعس متلق کینژھن مشائخن ہٕندی اقوال۔

ذوالنون مصری چھِ فرماوان کہ سماع چھ حقہٕ سُند فیضان۔ یُس
دِلن چھُ حقس کُن راغب کران۔ لہٰذا ییٚمی اصلی معنے یِس منز بوزٕمی
لٔب حقہٕ ہِنز وتھ۔ یُمی نفسانی خاہشاتہٕ موجوب بُوزُسہ گو بے دین۔
مُراد چھُنہ یہ، کہ سماع آسہٕ وصل حقُک ذریعہ۔ بلکہ بوزن وٲلس پزِ
کہ سماع کر طلب حقہٕ کہ خاطرٕ، صرف آوازِ ہِنز رنگا رنگی خاطرٕ نہ
کینٛہہ۔ تاکہ أمی سُند دِل بنہٕ فیضانِ حقچ جاے۔ چناچہ ییٚلہٕ حق
أمی ہِندِس دِلس منز داخل گژھِ سُہ وُتہ لایہ دِل نیکی پٔتھ۔ تہٕ یُس
سماعِ حقُک تابع گژھِ تمس گژھِ مشاید حق حاصل۔ یُس نفسُک تہٕ
خاہشاتُک تابع گژھِ سُہ روزِ پردس منز تہٕ کرِ تاویلس ہِستی تعلق پاٛدٕ۔
یعنے کرِ بچاوٕچ ڈیلیل پاٛدٕ۔ سماع حق چھُ کشفِ الٰہیک ذریعہ تہٕ سماع
نفس، مطلب شکم پرستی چھ رَبس نِش دور روزنُک ذریعہ۔ یا امکہٕ
الفاظ پردس منز روزنُک ذریعہ۔ یُس زِندیقی کُن پکناوان چھُ
(راغب کران) زِندیق لفظ چھُ فارسی، یُس عربی زبانٕی منز تہٕ چھُ
آمُت۔ فارسیس منز چھُ امیُک معنے تاویل کُرن (حوالہ دِیُن) امہٕ

موجوب چھ تیم پننہِ کتابہِ ژندو یا ژندونان۔ یِیلہِ ڈکشنری (لغت) والیو آتش پرستن ہُنٛد یہ ناو تھاوُن یوژھ۔ تہٕ تِمو تھووزندیق ناو۔ تِکیٚازِ زِندیق چھ یہ ونان۔ یہ مسلمان چھ ونان امیک تاوِیل (حوالہ) (عذر) دِیُن چھُ ممکن۔ تنزیل چھُ دیاتس منز داخل کران (تنزیل بمعنے نازل کران الہام وحی) تہٕ تاویل چھ دیانتہٕ نبر کران۔ أزی کیٚن مصری شیعہ جوانن منز چھِ وُنہِ کینٛہہ موجود، تِم چھ تِ ونان یہ مجوسی ونان أس۔ چنانچہ زندیق ناو بنیو وِیہنٛدِ خاطرٕ خاص ناو۔ حضرت ذوالنون مصری سُنٛد مراد چھُ یہ کہِ تحقیق کرن وٲلی چھ سماعس متعلق دریاف (تحقیق) کرن وٲلی آسان اہل نفس (شکم پرست) تاویل کرن وٲلی چھ اَمہ موجوب فسق و فجورس منز مبتلا گژھان۔

شبلی صاب چھِ فرماوان۔ سماع چھُ بظاہر فتنہ یعنے سماع چھُ فتنہ تہٕ باطن چھُ عبرت۔ یُس اشارہ زانان وٲلی یوت چھ پرہٕزناٗوِتھ ہبکان۔ امہِ خاطرٕ چھُ سماع عبرتِ حلال یعنے پزرُک عبرت ورنہ چھُ امیک تاثیر فتنہِ۔ تہٕ یِیمہِ ستی مصیبت چھ بارِکھسان یعنے یِیمہِ سُنٛد دلِ پورٕ پاٹھی حقس ستی مشغول آسہِ نہٕ۔ أمی سِنٛدِ خاطرٕ چھُ سماع آفتہ تہٕ آزمائشہ ہِنٛز جاے تہٕ امتحان۔ ابوعلی رودباری چھ سماعس متلق اکہِ سوال کہ جوابس منز فرماوان ”لیتنا تخلصا منه رایا راس“۔ کاش أسی آسہٕ ہوامہِ سماعک تحقیق کرن وٲلی تہٕ اہل نفس چھِ تاویل

کرنس دور ہوٕان۔ییٚلہِ کُنہ چیزُک حق پزٕرتم غیب چھ لَبان۔اَمہِ
کِنۍ کہِ انسان چھُ پزٕتھ چیزُک پزٕروچھان۔ییٚلہِ پٔنٕن تقصیر چھُ
وُچھان کہ کاش اسہِ تراوِہے یلہٕ۔یعنے''ہم بالکل چھوٹ جاتے''۔

اَمہ حوالہ چھُ اکھ بزرگ فرماوان''السماع تبنیه الا سرار
الما فیهه من المفیات''۔ بھیدوں کے پیدا کرنے کا نام سماع
ہے۔جو دراصل باطن میں پوشیدہ ہیں۔رازن پاۂد کرنُک ناوچھ سماع
یم دراصل باطنس منز پوشیدہ چھ آسان۔تاکہِ یہنٛدِ ذریعہ روزِ وبارگاہ
ایزدی منز حاضر۔اَمہ موجوب رازن ہُند کھٔٹتھ تھاوُن چھ مرید سٕنٛز
خاطرِ سخ قابل ملامت۔تہٕ یہنٛد بٕن بڑِ کھوتہ بڑٕن بُرٕ صفاتن منز
آسن۔تِکیازِ ییٚلہِ دوس آسہِ دوستس نِش غیب مگر دل چھُ حاضر آسن
ییٚلہِ غیٖبت ییہِ کرنہٕ تہٕ دوستی چھ ختم گژھان۔

## فرمودات بزرگان۔

میأنی پیرن چھُ فرموٗمُت السماع زاد المضطرین فمن
وصل استقنی عن السماع
سماع عاجز لوگوں کا سفر خرچ ہے پس جو منزل پر پہنچ گئے اُنہیں
سماع کی حاجت نہیں۔سماع چھُ ندامتی لۆکن ہُند سفر خرچہ ووٚنی ییٚلہِ
تِم مٔنزلس پیٹھ وأتی یمن چھُنہٕ سماع کرنُک حاجت۔تِکیازِ وصلہ
کِس حالتس منز چھُ نہ بوزنُک حُکم موجود روزان، امہِ کِنۍ کہِ بوزُن

چھُ خبر آسِن ییٚلہِ غیبس متلق خبر چھہٕ یوان دِنہٕ، ییٚلہِ اَچھوٕ ستی مشاہد گو تہٕ بوزنُک معاملہ گو ختم۔ حضرت حضریؒ چھ فرماوان اَتھ سماعس کیا کرِ یوِ یُس منقطع (جُدا) (P–576 L. 6) ۔ گویا ییٚلہِ گبُون وول ٹھہران چھُ تہٕ امیُک اثر تہِ چھ ختم گژھان۔ چناچہ یہ چھُ موزون کہ سماع گژھِ پانس ستی آسُن یمیُک تاثیر ختم آسہِ نہٕ گژھان۔ (یعنے ہر وقتہ گژھ ذکرِ ھُچ آواز کنن منزٕ پکن) امہِ کتھِ ستی چھُ یہِ پتہ لگان کہ ہمت گژھِ مربوط (مجتمع) روزِن جدُا نہ کینٛہہ تکیاز بنِدٕ ییٚلہِ اتھ درجس پٹھ واتان چھُ تہٕ سورُے عالم جمادات تہٕ حیوانات چھُ اُمِس گبُون بوز ناوان وألی آسان۔ یہ چھُ بوڑ درجہ اللہ چھُ توفیق دِنہ وول۔

## سماعس منز صوفین ہُنٛد اختلاف۔

سماعس متعلق چھُ محققین، مشائخن تہٕ صوفین پانہٕ وأنی اختلاف۔ اکھ جماعت چھِ سماعس ذریعہ غیبت ناو دِتھ۔ یہ دلیل دِوان، مشاہدس منز چھُ سماع محال ناممکن تہٕ دوستہ سٕنٛدِ دیدار وقتہ چھ بوزُن بے نیاز سپدان۔ یعنے بٕنیہِ تہِ کینٛہہ یا کانٛہہ دلچسپ مَشان۔ تِکیازِ سماع چھُ خبرِ ہُنٛد آسان۔

## سماع تہٕ مستی

خبر چھ مشایدہ وقتہِ حالتس منز دوری۔ پردہ تہٕ مشفولی آسان۔ تِتھ پأٹھی چھُ سماع مبتدین ہُنٛد آلہ (ذریعہ) آسان۔ تاکہ غفلتچہ

آوارہ گی سٟتی گژھ دلِ مجتمع (یک ظون) ہکن گژِھتھ۔ یُس گوڈے یک ظون گومُت آسہِ سُہ چھُ سماع سٟتی پراگندہ گژھان۔ بیاکھ جماعت چھِ سماع حاضر آسنک ذریعہ ونان تکیاز مِحبت چھُ کُل فناتہٕ محوٕسٟتی (مستی) یژھان یوتام نہٕ عاشق (محبّ) مشعوقہ سٟندِس کُلس منز سُنِتھ (مستفرق) گژھِ نہٕ تو تام چھ سُہ تٔمی سُند محبت ناقص زاننہ یوان۔ لہٰذا ییتھ پأٹھی دِلُک حصہ مقامِ وصلس منز محبت چھُ۔ تہٕ باطنک مشایدہ روحُک وصل تہٕ جسمچ خدمت۔ تتھے پأٹھی چھُ ضروری کہ کنوک تہٕ گژھ حصہِ آسُن۔ یتھ پأٹھی دیدارس منز أچھ ہُند حصہ چھُ۔

کٔمی تام شاعرن چھُ پننہِ ہزلیہ اشعارن منز بسلسلہ دوستی شراب وونمت۔ ''الا فاسقنی خمر اوقُل لی ھی الخمر. وَلا تسقنی سرا اذا مکن الحھد''.

اے دوست مےٚ دِشراب تہٕ مےٚ وَن یہ چھُ شراب۔ ژورِ پأٹھی مہٕ دِم ییلہِ ظاہر پأٹھی یہ چاوُن ممکن چھُ۔

یعنے اے دوس شراب دِمےٚ اتھ صورتس منز کہ میانہِ أچھ تہٕ وُچھن اتھ تہٕ ژہنن۔ زبانٔی تہٕ لگہِ میچھر۔ نستہ تہٕ یہِ مُشک مگر اَمہ وَقتہ بوزنکُ تان یعنے کَن روزِ نا امید (محروم) لہذا وَن کہِ یہ چھُ شراب تاکہ کنَ رَٹن پنُن حصہ۔ حتیٰ کہ میأنی ساری حواس ہیکن اتھ سٟتی رٔلِتھ تہٕ گژھن لذت گیر۔

## تجزیہ دورِ زمان

ماہ محرم الحرام ۱۴۳۰ھ وٲری گژھتھ وُچھو کہ یتھ دورس منز کتہِ چھِ أسی نظام حدِ شریعت پالان تہٕ کتہِ چھُ سانہِ نظامِ شرعُک ارتقاء برسماع۔ حالانکہ دینِ اسلامس منز چھُنہٕ عموماً تہٕ شرعاً موسیقی ہُنٛد حدٕ رؤس کانٛہہ اجازت۔ چونکہ ہندوستانس منز اوس پۆزایہ ہُنٛد مخلوقِ آدم۔ تہٕ اسلامہ ینہٕ پتہٕ مسلمانن ہنٛدِ خاطرٕ ردگژھتھ تہٕ روٗد موجود۔ یعنے پیر چنگی ہنٛز دعویداری روز جناب حضرت عمر فاروقؓ سنٛدِ پتھے سماع برتار موجود۔ تہَ بذاتہ تہِ أس جناب چستی ہندالنبی بُنتھ یک سۆ ذِکراللہ ظاہری تہٕ باطنی تارِ ستی محوروزان۔ گوسماع بوزنس منز گوژھ اتھ مخصوص حد تہٕ آسُن تہٕ امہِ ساز وسنطور تہٕ رباب بیٚترٕ کھوتہٕ بدرجہ اَتم کلام شفاعت وہدایت یہ فرقان چھُ درآواز پر لطائف۔

یۆ دوے شاعرلۆکھ بوجود أس تہٕ تِمن تہِ حد نصوت نبی ﷺ مقرر چھُ۔ تیٚلہِ گۆژھ سماع تہِ خاصن ہُنٛدُ ے سبق آسُن۔ یہ نہ اتھ مجازیت کِنہِ جنسی رنگن لطافی۔ کشش برآلات موسیقی رتھِ کھالتھ موجودہ زمانہ کِنہِ کوچہ کوچہ سیٚٹجین پیٹھ عام وخاص زن ومردٕ ستھ انا وان تہٕ شرم وحیا ہکِ ساری پردتار تارکران یوسہٕ عملِ سماعس سماع بناوان چھُ۔ سماع مباح اَستھ امیُک نظریہ باطن انسان تہٕ انسانیتہِ نشہِ وارہ وارہ ناپید چھن ہۆتمت گژھن۔ بلکہ زانیو یٚیلہِ زانٛہہ تہِ

مخصوص مجلس سماع تہٕ سپدیاے ظوٗنہٕ رقص گژھنہٕ زانٛہہ بیدار گژھن ۔اتھ مشابہ چھُ پرانہِ زمانہٕ مختلف مُلکن تہٕ مختلف جاین پیٹھ سماعس کینٛہہ بیٚیہِ تہٕ کردارپاۓ سپدان آسمتۍ ۔مِثالہٕ پاٹھۍ وجدتہٕ لباس ژٹُن وجدتہِ تواجد۔ وجد۔ تجد۔ موجد۔

حضرت جنید بغدادیؒ چھِ اکہِ وِزِ اَکس نوِسرِ سائیلس اتبداے توبہ کرنہ ونکہِ وَقتہٕ نصیحت فرماوان کہِ یوٚ دوے ژٕ سلامتی دین تہٕ توبہ دایمی یژھان چھُکھ تیٚلہِ روز اتھ سماعس نِش دوریہِ صوفی لوٗکھ بوزان چھِ نہ گے زِ یمن ہٕنتۍ شریک نہٕ وٕتھی زِ بیٚیہِ زِ یمن ہٕنتۍ ۔یوٚ تام ژٕ جوان روزکھ۔ یٚیلہِ بوٚڈ گژھکھ تموٕ کارونشہِ روزِ زِ یتھ یموٕ ہٕنتۍ لوٗکھ گنہگار گژھان چھِ ۔یہِ شعرتہٕ شاعری عنوانچ تواریخ چھےٚ قبلِ آمدِ اسلام پیٹھٕ اَزٕ ییک تام پکان ۔یہِ صنف یاصِفت اداے زبان تہٕ بالترتیب الفاظن مال بناوِن دِژٕتہٕ ہیٚچھ ناٗو پروردگارن۔ اَوے چھُ بندس خبردار کران کہِ کاٗژاہ نعمژ کرمے عطا توٚپتہٕ کیاز چھُکھ ناشکر بنان۔ ''فبا عِ لا عِ ربُکما تکذبان''. تِتھٕ پاٹھۍ یہِ کاینات آیہ بارسس تہٕ ہرموجودات چھِ انسانٕی ذُریاتہٕ خاطرٕ نفع تہٕ نقصان بنان۔ کُنہ چیزس آسہِ نہٕ اکُے تاثیر۔ بجزٕ کلام احد واحد ﷺ یُس نوٗن تہٕ واضح چھُ ۔زبانٕ ہنٛد یولطافتوٕ منزٕ چھِ شاعری۔ یہِ یَس یژھِتہٕ تِمس تمہِ عنوانہٕ دِوان آو۔ کینٛہہ براے ہدایت تہٕ کینٛہہ گمراہی ہنٛدی

وجوہات بنان۔ مگر اتھ لطافتس تہٕ دِژ خداین لاکم، یعنے حد۔ یِمہٕ کٕنٛز
نہٕ یہ نعمت حیوانتس کُن پکہٕ ناوِ۔ یہ یتھ امریکی جمہوریتس منز
وُچھان چھِ۔ تہٕ کُنہٕ سامراجس نِش چھُنہ امہٕ کھوتہٕ بٔڈیہ کانٛہہ تیوٗت
مانٛچھ یِمہٕ ذریعہ کُنہٕ قومس غلأمی ہنٛز ہتھکڑ Iron Chain پانٕے
پانس نالی تراوُنک مقصد پورٕ گژھان چھُ۔ مسلمانس دین خلافتہٕ نِش
حبس مُشراوُنک چھُ یہ گوٚن تہٕ ساز و سرور شرافتہٕ ستی مُلکہ منز
ژلناوُنک اکھ عالیشان طریقہ۔ یہِ چھِ بٔڈ بدقسمتی کہ مسلمانس تہٕ زیادٕ
پہن مُوڑ ملسمانن بٔیہِ تِمن تھدِ پایہ کٕہن سائنسی علِم پٔرن والین
Scientific Scholars چھُنہٕ پٔتن دُنیا بناونس منز امن تہٕ
اقتصادی ترقی بدلہ لازوال وراثت یعنے قوی تہذیب تہٕ پٔتن وجود
پربزناونس ستی دِل آوُر سپدان، یا یِژھان مرحبا یِم دوشوے حبس چھِ
غأر مسلمن نش موٗجود۔ کتھ چھ شعرن ہنٛز یوسہٕ صِنف مُلکِ
ہندوستانس منز گوڈٕ پیٹھے ووپداے تہٕ پھلایہِ تہٕ تہٕ تعلیمی ترقی
کوٚراتھ مداوا۔ بھارتی ویدک دورہ بروٚنٛہہ چھُ تعلیمی ہُنٛد پھہلاو
چینس تہٕ یونانس منز اوسمُت۔ اَمہٕ بمطابق چھُ ارداہ شتھ وٕری
بروٚنٛہہ ق۔م۔ یتھ ذریعہ تعلیم گرُوشتم پراپر وجودس منزانہٕ آمُت تہٕ گرُ
وکل ذریعہ تعلیم دِنٕی شروع گأمٕژ۔ امہِ قسمکہِ تعلیمی دورٕ پتہٕ چھُ نالندہ
یونیورسٹی بارسس آمٕژ یعنے اسلامہِ بروٚنٛہہ ہتہٕ بٔدی وٕری تہٕ تتھ زمانس

تام واریاہ دور گژھتھ ییلہٕ محمد بن قاسم یَتھ مُلکس اسلام ہتھ تہٕ پتہٕ
اڈ سپد یوو، واپس نیران تہٕ امہٕ زمانہٕ پتہٕ جناب محی الدین چشتیؒ در
ہند یموپتہٕ جناب امیر کبیر سید علی ہمدانیؒ کشمیر تشریف اَنان چھِ۔
مطلب ذکر چھ کہٕ شاعری ہُند اثر کتہٕ پٹھ کوٚت تام۔ کتھہٕ پاٹھی کمن
کمن انہارن منز آسہٕ بروٚنہہ گنہٕ تہٕ بعد وارد اسلام در ہند۔ کتھہٕ
پاٹھی پھبأے شاعر یتھ سرزمینس پٹھ۔ یوسہٕ اکھ بڈ تواریخ چھِ
اسلامی (مسلمانن) تہٕ غارٕ مسلم لوٗکن خصوصاً شاعر۔ یوٚ دوے پرٛتھ
کُنہٕ زندگی ہندِس حسس منز مسلمانو کانہہ پرگی تھاوُنہٕ تہٕ اکثر شاعر
یم سماج تہٕ حب الوطنی ہُند درس کرن وألی بارسس آیہٕ۔ یمن منز
لوٚب أکی بڈی طبقن ہنٛد یو کیٛو مسلمانو تصوفس منز تھوٚ د درجہ تہٕ روٗدی
انگریزن ہٕنتی صحافتی بیداری منز آزادی ہُند ہوس للہٕ ناوان۔ یہ پچھے
ٹاکارہ حقیقت تہٕ تسلیم آمٕژ کرنہٕ کہ ہر سماجس چھُ پوان امہٕ کہ طرز
حکومتُک بوڈ اثر تہٕ یتھہٕ پاٹھی روٗد ہندوستأنی شاعرٕیس تہٕ یمہٕ وَتہ
ہُند وکھنے کران آیہ۔ امہٕ غولامی تہٕ پٹاوُلی ہُند شکار تہ اثر زد۔

مگر تصوفکی شاعر گے سارِنے ہنٛدِ کھوتہٕ مقبول۔ یمن منز گوڈہ
اسد اللہ خان غالبؔ سُند ناوچھُ یوان۔ یتھہٕ پاٹھی گیہ بے شُمار امہٕ
وتہٕ ہُند لولہٕ چمن سجاوان پانہٕ غربت تہٕ افلاس وہتر اوان مگر
صوٗفی شاعرانہ مسلکس ہر سوٗ آبیاری کران۔ ہنو دیوٚ دوے گوڈے

اتھ زمنس تہٕ آوا گونس گتھ کران روٗ دمتی اُس مگر مسلمان صوٗفی شاعری ہیوٚ رہیکہِ نہٕ کانٛہہ کاڈ کڈِتھ۔ کلمہٕ کس سایس تل یمن شاعرن ہنٛز صوٗفی باوتھ روزِ ہمیشہ امہِ کٕہن زانن والین وتہِ ہاوٗ کھ تہٕ آرزومند۔

## شاعری تہ تصوف

در ہند چھُنہٕ اردو شاعرن شمار مگر غالبؔ، میر تقی میرؔ، مومنؔ، فیض احمد فیضؔ، آتشؔ، راسخؔ تہٕ حسرتؔ موہانی بیترِ تصور صوفیچ شاعری روٗز اردو زبانٕی ہنٛز تھٕز زینتھ۔ ییمہِ کنٕی اتھ سرزمینس پیٹھ محدث تہٕ عالم دین تہِ تابہٕ وٕنی روٗدی۔ مگر تصوفس تہٕ سماعس ہیوٚک نہٕ کانٛہہ تہِ زاف ژأنتھ۔ تہٕ قوالی ہُنٛد چلن روٗد برابر جاری۔ پوٚزا یہِ ہنٛدس کٕثرٕتس منٛز مسلمانن ہنٛز کم تری تہٕ انگریزن ہُنٛد ٹونگ روٗد پٔرتھ طبقس پیٹھ زاٗگتھ وچھان۔ توٚ پتہٕ تہِ روٗد شاعری پھہلنک پأنی پانے اثر برونٛہہ پکان۔ یہِ چھُ ژٕتس تھاون کہ صوفیس چھِ پیر پرستی پُشت پناہی لازم آسان۔ یُس ییٚتہِ کس غریب لاچار، نادار، ان پڑھ مسلمانن گوڈٕ تہٕ بوڈ عقیدہ بنیو مُت اوس۔ شاعری تہٕ تصوفس منٛز یو سہٕ مجازی کیفیت چھےٚ نظرِ گژھان۔ یٔروتہٕ سمجھو تہٕ تھٕ پأٹھی (اردو)

ا۔ میر کے دین و مذہب کو اب پوچھتے کیا ہو اُن نے تو

۲۔ قشقہ کھنچا دیر میں بیٹھا کب کا ترک اسلام کیا

شاعر چھُ مجاز تہٕ تھٕ پأٹھی پنُن وجود پر بزناونہٕ خأطرٕ ونان۔ لوٗکو تُہ

کیاز ِ چھِوٚ میر صأبنس دین وندہبس متلق پرٛژھان۔

## اشعار در مجازیت

مےٚ ہسأ لوگ ٹیوٚک تہٕ بہ بیوٚٹھُس مندرس منزٕ کرتام چھُم

مذہبِ اسلام تر وومُت۔

ذرا سوٗنچیو میر صأب چھُ مسلمان تہٕ پنڈت یعنے بٹہٕ بٹنگ اعلان

کران۔ امہِ پتہٕ کیاہ رُوٗ دییمہِ موٗجب شأعر مسلمان گنز راوہون۔

اَتھ دورس منزٕ تہِ أس توحید پرس تہ شرعی نظامت دعویٰ دار۔

ممکن چھُ کہ توہہِ آسوٕ یمن شعرن ہُند معنے سمجھ مُت۔ حقیقتاً یم تہِ صوفی

مزاجن ہندی شأعر چھِ یہند امہِ طرز موٗجب چھُ شرعاً سماع یا گیوٚن

بوزُن منع۔ییلہِ تہِ اَتھ از یک تام کانہہ رُکاوِتھ ہرکان چھُنہٕ۔ تہٕ

حسرت چھُ یہ تہِ کہ أز کیوٚ امہِ کفری الفاظو علاوہ وڑاو سیدِ سیوٚد جنسیاتی

گیوٚنک زور Sexual songs in Kashmiri language are

encouraged۔ سائینسی تہ ٹیکنالوجی چھِ اتھ لُطفس ننہِ وانہِ کھہرن

دِوان۔ تہٕ أزی کس دوروس منز چھُ تہِ یہ اکھ بوٚڈ ادارہ بنیومُت۔

مانہ وَے أزِچ کثرتی انسان ذُریات چھ دوہ کھوتہٕ دوہ لباس لاگتھ

تہ عرُیانے۔ جنسیاتی شأعر چھِ تھزرتہٕ حوصلہ لبان۔ تصوفکی منازل

یمن منزلا شریک سُند آسُن، مانُن تہٕ پالُن بوٚڈ مقصد چھُ۔ تہٕ ییتہِ

تھن میر صأب چھُ پردن منز پھرِتھ فکر تاران کہ مےٚ موٚڈ بندہ الٰہی

ہِنٛدِ آسنگ ٹیوٚک ڈٲکِس پٮ۪ٹھ یعنے نشانِ غولامی۔ تہٕ بھہت چھوس خلوتس اَمہِ آیہٕ چھُ مے کَر تام اسلام تر وومُت۔ مطلب چھُ یہِ کہ لوٗکن ہِنٛدِس پُرٛ گشٕس منٛز چھُنہٕ مےٚ عبادتِ خدا کرٕن دُرست لگان۔ توے بیوٚ ٹھُس بہٕ تنہا۔ یہ زن اسلام کُنہ حدس تام پسند چھُنہٕ کران۔ أسی چھِ شانِ الیوتس منز شانِ پیغمبری گاران۔ مراد شاعر چھُ یہوے کہ بہٕ چھُسن خالقِ کاینات پرٛ دِلچہٕ غولامی منز سرِ کُرن یرٛھان۔ ترکِ اسلام گونہٕ کہٕ تُمی تر وودینِ اسلام بلکہ اک تنبیہ کہ تِمو ظاہر بند شو علاوٕ تہٕ یم اتھ منز ننہٕ وانٕہ چھُ۔

غالب: ١۔ فریاد کی کوئی لے نہیں ہے۔

٢۔ نالہ پابندِ نَے نہیں

٣۔ پر تجھ سی کوئی شے نہیں۔

١۔ فریاد کرنس چھَنہٕ کانٛہہ اکھ لے (آواز) گنڈتھ

٢۔ یہ آہ وزاری چھَنہٕ نیہِ ہنٛز پابند ہرگز

بہرصورت چھُکھ ژٕ چیز ہر چیزس منز موجود۔ مگر ژٕے ہیوٚ چھُنہٕ کانٛہہ ذر در کاینات۔

غالب صأبنی کینٛہہ شعر چھِ تِم تہٕ نظر گرٛھان یم میر تقی میر ہِنٛدی پأٹھی فتوی کفرُک بظاہر حقدار چھِ۔ مگر اَمہِ کِس پوٚت منظرس تہٕ حقیقتس کُن سٕئِتھ چھُ یی سمجھ یوان کہٕ تِم کأتیاہ چھِ حدٕ رٕوس توحید

پرس اُسمتی ،توے چھ زاہدس کٹھی گرتھ میر دردونان:

مت عبادت یہ بھولیو زاہد

سب طفیل گناہ آدم ہے

اے عبادت گزار تسبیح پھِرن والہِ مہ گژھ پنہٕ نِس عبادتس پیٹھ خوش۔ اسہِ چھِ تمہِ پتہٕ تہِ گناہ یِم اُسی کران تہ یِم چھِ آدمہٕ سِنٛدی دٔسی خطا کرنس ستی اسہِ لٲرِتھ۔

شاعریاس یگانہ چنگیزی چھ وناناداے حُسنس پیٹھ باوتھ کران۔

حُسن بے تماشا کی دھوم کیا معمہ ہے

کان بھی نا محرم آنکھ بھی ترستی ہے

حُسن یُس نہٕ کانٛہہ تماشہ چھُ مگر امیُک چرچا چھُ ہرطرفہٕ تہٕ تتھ پاٹھی چھُ یہ اکھ گنڈ یُس نہ مُژراونہٕ یِوان چھُ۔ کن چھِ امہ نِش ان زان تہٕ اُچھ تہِ۔ امہِ مؤجب بو چھِ ہُژ۔

بہلہِ پایہ شاعری ، زہر ژاپُن:

مقصد چھُ کہ ہندوستانکس سرزمینس پیٹھ گو وعلم وتصوف بلند پیٹھہِ زن اسلام چھُ اتھ کھرُ دار تہ عوامی ناسمجھ کِس بناہس پیٹھ بوزن منع کران تہٕ باسوز زیادٕ رد کران تہ پڑٕ کنی چھُ یہ تمہٕنے ہُند تخلیق تہٕ بارآور یِم خدا پرستی تہ جنابن ہنٛدِس ﷺ عُظمتس پننہٕ زندگی ہُند دستوٗر عملاون۔ تہٕ صوٗفی شاعرن ہنٛدِس حقیقتس پر بٕزناونس تہٕ سمجھنس لایق آسن۔

وُچھوے سرزمین ہندس پٹھ یِم شائعر تصوف کِس مأدانس منز وٕتھی مِتی چھِ تِمن ہُند دنیاے شاعری چھ تہنز زندگی ہِتی عملاً واٹھ کھیٚوان تہٕ منازل ہمہ اوس۔ ہمہ از اوست، شہود وجودس رٕٹی پأٹھی واش کوٚ ڈُمت۔ تہٕ امہِ کٔبن زانٕی کارن فکرِ ترٕوُن پیش کوٚ رُمت۔ امہِ مبدل یہ سرزمین بعدِ قبول اسلام یِمو ہندو شائعرو یِیٚتہٕ زنم لوٚب۔ تِمن ہنٛز ذِکر یوٚ دوے درتواریخ موجود چھے مگر قومِ مُسلمس درکیشِر چھُنہٕ شیخ العالمس رحہ تہٕ للہِ عارفہ بروٚنہہ کانٛہہ یُتھ مسلمان صوٗفی شائعر کاغذس کُھوٚتمُت تہٕ کلامِ شیخ واکھن منز دنیاے بے ثباتی ہُند درس دِوان۔ مگر صوٗفی منزلن منز چھُنہٕ تیٚوٗتاہ ننٛر کران یوٗتاہ امہِ پتہٕ کیٚو صوٗفی شاعروکوٚ رُمت چھُ۔ زانوٗے تیٚلہِ چھِ ایرانیکو بہلہِ پایہِ شائعرو پتھ صوٗفی منزلن منز کیشِر ہندیو شائعرو کمال پرووُمت۔ یوٚ دوے یہِ زبان پھہلا وَس منز تنگ گأمٕژ چھے تہٕ أزی کٔبن ترجمہ کارن تیٚژھا روٗحانی زان چھُنہٕ کہِ تِم پر بزناون یِمن صوٗفی شائعرن ہنٛز باوتھ۔ سیٚو دپأٹھی ونوٗلی کہِ یہ سبق چھُنہٕ ترکہٕ واد سبق یا کتابہٕ پرنہٕ ہِتی۔ اتھ یینہِ وول گاش سمجھُن ممکن بلکہ چھُ تہنٛد بن نقش وقدمن ہُند پے وپتہٕ کرنس منز چھُ مُرشد حاصل گٔرتھ تزکیہ نفس کہِ زورِ بشریت گٔٹھراونی تہٕ روٚحس نزدیک گرٕھُن (سبٹھاہ دشوار) آسان تہٕ ووٗنی یِم پروفیسر تہٕ ووستاد کالجن ہندی تنخواہ دار کسبِ معاش علمی شخصیات تہٕ

مجلس نواز ہر جاے ہُند نفسانی لذات حأصل کران آسہِ تہٕ طرزِ زندگی صوفیانہ اختیار کرنہ وژاے کتہِ ہیٚکن تصوفکٮ۪ن اسرارن ہند مُول سمجھتھ تہٕ نوٚ ہن طالب عِلمن تام واتہٕ نأوِتھ۔ یِیلہِ یمن ووستادن ظاہری چاوٕ، دُنیاداری، زر پرستی تہٕ تیژ ہاپچھِ ییژ ہأ کُس سیاسی ہتھ نال وأ لُس لیڈرس آسان چھِ۔ مثالہ پأٹھی وٕنو شاعر رحمان رأہی صأب یُس دِلہ اندر بلأ وِتھ دستار آو گنڈنہٕ روحأنی سبق وأ لُس گرٛ ھنہٕ پسند ووٚنی اگر زبان دانی تہٕ اَمہ کُس جدید یتس فخر مٔژ نوی اوس۔ تیٚلہِ گوٚ ژھ یہ تمی ہٕنڈِس آہنگس منز پیش کرنہٕ یُن۔

مقصد چھُ صوفی تھز رتہِ روحانیتُک لاحد بجر۔ یم نصف صدی بروٚنہہ تام یم شأعر سوچھِ کرال، حبیب اللّٰہ نوشہری، احمد بٹہ وأری، رحمان ڈار، شاہ قلندر، وازہ محمود بیترِ برصفحہ شأعران کاغذس کھٔتی ہٕتی چھِ تِہنٛد کلام ہیٚکہِ نہٕ اداران منز عالموٕ ہٕتی ویژھنأوِتھ۔ أکی وٚ چھ خاب بیا کھاوس نہٕ ہٕتی، سُہ کیاونہِ۔ ظلماتچ کتھ چھ ساری وہژھناوان مگر یُسے تور گرٛژھنچ عمل کرِ۔ تمسے پٔن ناٹہٕ وٕ ہٕتھ تہٕ عالم حیرتس منز تگیس نہٕ باز رگرٛ ژھنُے گھرِ سوداخاطرِ۔ مطلب ذکر چھِ یِی کہ روٚحس ہٕتی زان کرٕن چھنہٕ سہل کتھاہ۔ ییتھ زہد وتقوی، تزکیہ نفس تہٕ ریاضات الٰہی، باحلال رزق شرط چھُ درراہِ عمل۔ اتھ منز تمی سُند زیادہ فخر یُس درخانہ خود سنت وفرأیض نکھ وأ لِتھ بامُرشد بے غرض

عبادات الٰہی آسہِ دوہ رات گذاران۔ اوٚے چھُنہٕ اتھ طبقس منز روزگار کہ مُدعا پیشہ پیر پرستی کانٛہہ گنجایش نہ گامہ گوم موسیقی یا شعرو شعر گری ہند چَر چہ کُرنک کانٛہہ اجازت۔ امہِ انمانہٕ گژھِ شاعر اراکانِ مسلمانی تہٕ ذکرِ الٰہی یس منز پابند آسُن۔ یتھ نہٕ تیٚتھ صوٗفی بنہِ یُس صرف لاالٰہ الااللہ پالہِ تہٕ قبلِ اسلام کٔہن جوگٔہن تہ راہبن منز شمارس پیہِ۔ یہِ تھاوِ یوٗزِ تھس کہ ہر کانٛہہ غاٛر مسلم راہب یا جوگی چھُ لاالٰہ الااللہ کُل عمرِ پالان تہِ گاران۔

یہِ تہ چھا اکھ بڈ بدقسمتی کہ دورِ جدید یتک مادی بوچھ ہوٚت علمی شاعریوٚ دوٚے ابلاغ رسائی منز معنے ژارنچ سخ کوشش کران چھُ مگر صوفی شاعرن ہنٛد ہن سٔنٛہن رموزاتن تہِ منازلن ہیکہِ نہٕ سُہ بنیادی تصور بدِ کڈِتھ یُس تِمو رزقِ حلال تہٕ تزکیہ نفس پانہٕ اوٚتھ مشاہدہ کوٚرمُت چھُ۔ یتھ پاٹھی بروٚنٛہہ آمُت چھُ ویژھناوُنہٕ کہ ظاہری عالی شان تختس پیٹھ بہن وول کتہِ ہیکہِ پوچ تختس پیٹھ لِشہِ پاشہِ گوٚمُت وٲلی سنٛز دگ تہٕ بے قراری زانٕتھ۔ تِمہِ پتہٕ یہنٛز ترجمہ کاری ژٕوِ پُیہِ بروٚنٛہہ کُن ترأوتھ تہٕ کتہِ ہیٚکن سمجھاوِتھ۔ یِلہِ زن مجازی رنگس منز محبوب، معشوق تہٕ پتھ یاوگی ادا، سورمہٕ تہٕ ساز، بمہٕ کمان، نستہٕ خنجر، تشبیہات چھِ استعمال آسان گرٕ تی۔ عالم، لکچرار، یا پروفیسر پانہٕ بے خبر حال اٍستھ کیا سمجھن یا جواب دِن۔ یَس نہٕ تِمبر آسہِ پیمژ

سُہ کیاہ ونہٕ ڈ دِمتس ،کرٛشہ دگ چھِ۔

شاعر تہٕ شاعری متلق کینٛہہ زان دنہٕ پتہٕ کروتتھ عنوانس پیٹھ واشگافی۔ یتھ متلق قوم مسلمانس تہٕ عمومن ییٚتہِ کٕنہِ زانن والین دین پرستن نظر آسہِ گاٹہٕ۔ پرٛتھ کانٛہہ مذہب تھاون وول چھُ پنٕہٕ نِس مذہبس پیٹھ فخر کرتھ ییٚہِ ہنٛدِ مذہبہ کھوتہٕ بہتر تہٕ اصل زانان۔ مِلتن تہٕ قومن چھُنہٕ شمار۔ ییٚتہِ مسلمانس بحوالہ فرقان خبر چھ تہٕ آسن گرٛشہ کہ سون محمد ﷺ چھِ ختم المرسلین آخری پیغمبر تہٕ اُمی۔ اٲخری مذہب ہیتھ یتھ پانہٕ رب چھُ سند دِوان "اِنَ دین عنداللہ السلام"۔ یعنے سارِوی دینومنٛز چھُ دینِ اسلام بہتر تہٕ تھوٚدتہٕ آفاقی۔ مگر یہ ۴ اشتھ ؤری گرٛھتھ تہِ چھُنہٕ مسلمانن خلافت بعد خلافت درعمل یوان۔ زمانہ گزرنس ستی گیہ مسلمانن فرقہ مسلک پسندی۔ تہٕ کانہِ کانہِ گٲے گیرٕ تہٕ اتحادی قوموکر مسلمان نااتفاق لٔبتھ رنگہ رنگہ شکار تہٕ ہر رنگ بنیاے غلام۔ پنٕنی کنی چھِ اٲسی زانان کہ سونٕے دین چھُ تھوٚد تہٕ ماباقے چھِ مشرک تہٕ حدورٕس۔ مگر تم چھامہِ بروٚنہے مسلمانس دٔم کران۔ سانٛی کرتوت تہٕ بے دین حلقہ بندی چھِ وُچھان ییٚلہِ زانان چھ کہ کٲتیاہن مسلمانن زٔبو اکھ، دِل بیاکھ، اکھ اٲکس زاگہ ؤنی۔ اکھ آستان گرٛشان تہٕ بیاکھ خشمہ چشموٲمس وُچھان۔ اِد ییٚلہِ آستانن منٛز نیرتھ کھاہس کھلس، دفترس یا موزورِ گرٛشان۔ تتہٕ چھِ آستان

پرستی اکھ أکس زنگہ کرنس پتھ لگان۔ رشوتہٕ ورأے نہٕ کاغذ ورق اکہِ میزہ پیٹھٕ دوٕیمس تان پکان۔

وٕ تھنس بیہنس پیٹھ قسمِ ناز ہاوان تہ پتہٕ اپزٕ گرٛشان۔ بیٚاکھ جماتھاہ پانس اللہ والے دپان، بیاکھ حدیث وٲلی پانس ناوتھاوان۔ تِم ییٚلہِ قسم کران تہ کُنہ وزِ پننہِ موٚڑ خاندار نہِ کھوٚژناوِتھ قسمِ طلاق کھوان تہٕ پتہٕ یہوے کیٛشہہ گرِ گرٛشتھ پننہِ زنہِ نزدیک انان تہ پننے فتویٰ یہ دِوان کہ خدا چھ بخشن ہار، تہٕ پیغمبر چھِ نعوذ باللہ بشری۔ لہٰذا گوٚ قسم اپزٕ۔ ییٚلہِ یِمن جن متان چھُ اِد چھِ ژورِ ژور پیرن تہِ ژھاران، یِمن نِشِ گرٛچھنس یمی شِرک تہِ ونان چھِ۔ مطلب چھُ وننٛک یہ کہ ییٚلہِ غأر مسلم سأنی قول وفعل عملی طور نامکمل تہٕ بے بھروسہ مشایدہ کران چھُ۔ سُہ چھُ پنہٕ نُے مذہب بہتر زانان۔ تہٕ امہِ عملی مشایدہ وٕچھتھ کتہِ بیٚہہ تِمٕس پرٛژھ "اِنَ دین عنداللہ السلام"۔ یتھ سأرِسے عالمس منز مذاہب قبل اسلام آمتی چھِ تہٕ تِم سأری چھِ از طرف خدا (بحوالہ قران) کالعدم یا منسوخ آمتی کرنہٕ۔ امِہ بروٚنہہ مہٕ الہامی یِم تہِ کتابہٕ آسہِ تِمن ژاو انسانی بشریتٕک قلم تہ روزنہٕ قابل بھروسہ تہٕ اُستوار۔ کتھ چھِ شاعری تہٕ صوٚفی مسلکچ یُس شاعری ہِندِ جامہ وٕلتھ أزیٚک تام پکان تہِ پھہلان۔ اسلامی تصوف یعنے توحید و تصوف جسم تہ جان دوشوے چھ (مہا) (راز)۔ یِمن دوشونھ

نہ زانہٕ کَنہِ تہٕ اختلاف روزنہٕ کَنہِ چھُ دین اسلامس پنہٕ نوے ءستی زاف اژھان۔ یہٕ چھُ کلی طور امرِ رب کہِ مسلمانس یۆ دوے غاَر مسُلمن ءستی کانہہ تعصب یا ٹکراو گژھنہٕ آسُن تہٕ تہِ چھُو نہٕ غاَر مُسلم ءسنٛزِ کُنہِ تہٕ مذہبی روایات ءستی اِتباع متابعت ہرگز طور اجازت۔ مگر یہ نۆن درعملِ ذُریات مخلوق اِنس آسہِ تتھ کانہہ کٕنٛڑھ کرین ہیکہِ نہ منشاءِ رب آسِتھ۔ مِثالہ پأٹھی سنوَ یہ رب چھُ فرماوان کُل نفسِ ذایقتہ الموت۔ ہرنفس ذات زندہ بظاہر چھَ چھُ موتک مزٕ ژھُن۔ اتھ نہٕ چھُ کانہہ شک تہٕ نہٕ ہیکہِ اتھ بدل گژھتھ۔ ہر کانہہ چھُ اتھ سادٕ پأٹھی زانان کہ موت چھُ ہر حال قایم تہٕ حکمران۔ کُل نفسِ عربی تہٕ فارسی زبأنی منز چھَ بیٚیہٕ تہِ خصوصی طور عربیس منز چھن+ف+س نفس شاہس ونان یۆ دوے شاہس فارسی زبأنی منز دم تہِ چھِ ونان تہٕ انگریزیس منز بریت (Breath) ،لہٰذا مہِ مطابق لیس نش یہ شہ چھُ تمس چھُ مرُن۔ انسأنی ذُریاتس پٹھ چھُ رب بٕنٛیس جایہ (در کلام اللہ) یم بظاہر شہید موت مرن تم چھنہٕ مران تم چھ کھوان چوان مگر توہہِ چھُنہٕ سہ بظاہر فکرِ ترنک شعور۔ یہٕ ارشادِ ربانی چھُ ثابت کران کہ اکھ مرُن چھُ عمومن یا عمومی دُنیا ہچ وأرنکھ والنہٕ۔ مگر شہید سُند مرُن چھُنہٕ قطعاً مرُن۔ یہٕ تہِ چھُ سیٹھاہ مشکل فِکرِ منز اُنن، یٚیلہِ جسمانی ہیئت کُنی چھَ آسان۔ در مشاہدہ عمل چھُ شہہ موتک اصلی

شکار جسم تہٕ روح چھُنہٕ۔ پوٗر تدبرسان سَنو (افلا یتدبرون)۔
شہیدی موت چھُ حیاتی اعلان تہ امہِ نیٚبر مسلمانن ہُند اعمالن پیٹھ
تھاوان۔ جسم چھُ زمینی کیمیائی اَجزاہن ہُنٛد مرکب۔ یہِ چھُ تمہٕنے
اجزاہن ستی رلان۔ تہٕ امانتِ خدایُس بیٚیہِ بُلاونس پیٹھ زندٕ گرٛھ دِ در
یوم جزا مگر امرِ رب چھُنہٕ پننِ ٹھاٹھن میٚژِ بُز دِوان گرٛھنہٕ، تم جسم
چھِ موجود روزان۔ سیچھ شہادت دُنیا ہکِن تمن مزارن یم بے خبری
نِشانہ نہٕ آسنہٕ کِنی کھنہٕ یِوان چھِ تہٕ خودعرب منز سٕر کہ کشادہ کرنہٕ وزِ
تمِو شہیدن ہنٛدی جسم برابرٕ چھِ موجود۔ زیرِ کفن۔ تہٕ تم تہٕ بزرگان
دین یمن زمینی زندہ لوٗکن ہندِ طرفہ کانٛہہ ذَریرٕ بر جسد در لحد نزدیک
یِوان چھُ تم سیٚدِ سیٚو دتمہِ کِنٛہن ذمہ دارن آگاہی دِتھ منع یا تنبیہ کران۔
یا چھِ موخصرن جسمُک حال لیس ٹھکانہ دُنیا ہٕنتھ آو تہٕ یِوان روزتہٕ بیٚیہِ
کوٗسہٕ جاے چھِ خدایس در مخلوق افضل۔ بشرس وژاے پننہِ آسنُک
یعنے ذِکر اللہ بول بجاہ اننگ مرٕ نے آسہِ ہے روح بسہِ ہے کتھ سر
زمینس منز Had Allah not created human
body where their soul have been
sheltered for Allah's existance. وارہ آنیو
سمجھ یتھ مکانس منز نورِ خدا۔ ذِکرِ خدا در دُنیا چھُ یِوان کرنہٕ تتھ مسجد
کتھ پاٹھی ہیکو بے قدری کٕرتھی۔ تعظیم مسجد چھُنہٕ امچہ لبہ سجاونہِ یا

رژھر تھ تھاوٕنے یوت۔ بلکہ اَنو سمجھ کہ یم لَبہٕ درودیوار چھِ اتھ زمینہ
ژکھلِس محفوظ تھاوٕنچ ضمانت۔ نہ کہِ برائے عمارت۔ تہٕ تتھٕ پاٹھی
چھُ پزتھ مسلمانس تعظیم مسجد واجب بغیر مسجدِ ضرِ ایس نہ کُنہ جایہ ہیکہِ
بناونہٕ یتھ۔ وونی یِیلہِ ربہٕ سٕنز بناوٕمٕژ مسجد مسلم اِنسانہٕ سٕندِس وجودس
تہٕ شہودس کُن گژھ عباداتِ اِلٰہی اسہِ یوان کرنہٕ یِمن منز تم مسلمان
یِم شُری پانہٕ پتھٕ مقبول حق آسن تم یِم درس اسلام سٕتی فیض یاب
گژھنہٕ پتہٕ راہ ہدایت آسن گاٹمتی تہٕ تم یِمو خدایہٕ سٕندِس کلمس
سنیر اونہٕ تہٕ باطلس سٕتی لڑان لڑان زُو آسہِ دِتمٕت۔ تم روح یا جسد
کاٹیاہ باعظمت تہٕ نورِ اِلٰہی سٕتی برتھ آسن تہٕ ربہٕ سُند ٹھکانہ بنیاٹمتی
آسن۔ سہٕ یا تم ٹھکانہٕ رب جسد و روح کتھِ ہیکن مشراونہٕ یتھ یا
فضول زانتھ یا ردسپدتھ شاید وٕنیُو تُہی راتہٕ رِکس زندہ محترم مائلِس
یِیمہِ دُنیا نیرتھ دنیا نکھٕ والن وول فرد امانت خاک وَنتھ یہ فتوی دِتھ تہٕ
اُمی سٕندِس دائمی مکانس مقبرس پٔتھ گژھنس شرک و بدعت قرار
دِتھ۔ مسلمانو تہٕ توحید علما زانن والیو ذرا پیوو پالیس تہٕ مہٕ کریو پنہٕ نِس
ذاتس درو جودرب پناہ گاہس بے قدری تہٕ بے نشان مہٕ بناوٕہُن بلکہ
ماچھُ یتھِ ثابت گژھان کہ شہیدی مُرس تھاوِتُیتھ لوحِ سنگ یتھ
نشانہ بر دنیالؤکن نیکی کُن راغب کرِتہٕ عبرتُک سبق تہٕ بنہٕ۔ تہٕ خصوصاً
سماجی، سیاسی، تواریخی نظریات، دردورِ خلافت تہٕ پتہٕ غارمسلمن ہنز

حکمرانی مدنظر تھاۓ وِتھ تھاۓ وِتھ تھٕن مقبرن تھٕز شو بہ دار نشائی یُتھ نہٕ
مُشرِیمتٕن مزاران ہموار میدان بنتھ کیٔنہہ تہٕ تعمیر ییہ کرنہٕ۔ توحید پرس
پیوہ پالیس تہٕ مہ کرِ یو ضدِ شہیدن ہٕندٕ ن مقبرہ جاتن ہٕتی۔ پٔنٕنہ دینی
وراثت مہ دِیو غاٲرن ہٕندس قبضس منز دنیاے فانی ہٕندٕ ن بدلہ ؤنٕن
حالاتن کُن ہے یو سام تہٕ تہذیب اسلام کر یوا خلاقاً تہٕ زمیناً محفوظ۔

## مزار جاتن ہٕند تحفظ

پٔنٕنہ ملکیت مہ راو رِوتہٕ دین مہ گرہُن یِخ بستہ۔ مماتی ہند یوفتوا ہو
جسمچ راچھ تہٕ برزمین یُس تہٕ مزار و مقبرہ جات آسہِ مہ کرناۓ وِ منسوخ
پٹوار نقشہٕ دجومنٕز۔ یِتہٕ چھوِ زانان کہ کیا وجہ چھُ کہ مسلمان سُند جسم
روح اتھ ہٕتی نزدیک آسِتھ عالمِ برزخس منز آسِتھ در زمین یوان
تھاونہٕ تِکیاز چھُنہٕ اکثر قومن ہٕندی پأٹھی مُرتھ اتھ سوٗزِ موٗٹھ یوان
بناونہٕ۔ یوٗ دوے تمہِ پتہٕ تہٕ چھ یم لوکھ تیم سنزہ آسر کو کھہہ مُٹھ بند
گُرتھ موجود تھاوان امہِ زاولہ تہٕ دور اندیشی بحوالہ زمان کیو تغیرات نِشہ
تواریخی سبق حاصل کرنٕک پرٕتھ عجمی مسلمانس پیٹھ یہ لازم ملزوم توجہ
تہٕ عمل بنان۔ توہ پتہٕ چھُ یہِ ہر مسلمانس شر کہ نِشِ دور روزن تہٕ سماجی
معاشرتی تہٕ سیاسی بیداری منز روزٕنک حِس منگان کہ مقبرہ جاتن
گرِ و تحفظ تہٕ تواریخی شہیدن ہٕندی مقبرہ جات تھاۓ وِ با نشان تہٕ محفوظ
براے عبرت جہان دید۔ زانیوٗ کہ روح چھ لازوال تہٕ بقا باللہ یا فنافی

اللہ۔ ربن چھ ارشاد کوٚرمُت کہ "قل الروح منِ امرِ ربی"۔روح چھ امرِ رب۔ اَمر چھنہٕ صرف بہ معنے الف میم تہٕ بلکہ لا فانی حکم تہٕ زندگی یہ ساری کاینات چھُ تمُی سُند امر۔ آفتابس گاش تہٕ طاقت۔ سمندرن ہُند چلن تہٕ تتھ ییتھ نہٕ زوالے چھ، چھ اَمر۔ افضل المخلوق انسانہ سُند روح چھُ امر۔ امر چھُ بلا مذہب وملت جنس انسان مسلمان چھ زانان کہ یہوے روح ییہ بہ اصل خود درلباس کفن پوشی تہٕ گرشہِ روز قیامت زندہ با جسد تہٕ لگہِ پُرسش از طرف الٰہی تانس تانس سارہے پانس۔ روزنہٕ پانس تام۔ اتھ ہیکہِ نہٕ کانٛسہِ ہُند انکار اَستھ۔ ییلہِ نہٕ روزِ حیات تیٚلہِ کتھ بنہ یوم الحساب۔ یتھ پاٹھی چھُ انسان ترٛہن موجوادتن ہُند: جسم، شہ تہٕ روح۔

Body, Breath and Soul. When soul is observed in dream when body remains calm in the control of soul and in day time soul seems under control of body.

روحس چھُ ربط شہس ستی۔ یتہِ چھِ تہِ مانان کہ گوڈٕ چھُ روح انتخاب سپدان۔ تہٕ پتہٕ چھُ در مادر بوسیلہ قرار لبان۔ یتہِ چھِ تہِ وُچھان کہ کینٛژھن چھنہٕ اولاد بنان۔ ییلہِ حضرت اسماعیلؑ تہٕ آیہِ دُعا کرنہ پتہٕ بوجودِ دُنیا۔ گوییلہِ ربن روحس حکم دیُت تہٕ حضرت

ابراہیمؑ آو برونٹھی از رب الہام کرنہٕ کہ تہُنٛد دُعا گو قبول۔ اتھ رودنہٕ کانٛہہ شک کہ روح چھ امر تہٕ امرِ رب یٖیلہِ رب یژھِ کانٛسہِ اولاد دِیُن تیٚلہِ چھُ ممکن بنان۔ اکبر بادشاہس تہِ گو درویش سلیمہ سُنٛدی دُعا وسالت قبول تہ پتہ زاس بنام سلیم جہانگیر یٖیلہِ زن درویشن برونٛہی اُمِس سلیم ناو کرُن وونمُت اوس۔ کانٛسہِ روحس یہ وسیلہ ذکر الٰہی ژھارِس سہٕ چھُ تس لبان۔ وُچھان تہِ تہٕ کلام تہِ کران۔ یوٚ دوے روح چھ کم ہیے کالس در دُنیا پنہٕ نِس مکانس جسمس منز آسان۔ مگر کرور بدی وٚری گرٛھتھ تہٕ چھُ روحس ستی ملاقات سپدان۔ تہ یہ روزِ تا قیامت جاری۔ مگر شرط اول چھُ حکم الٰہی بندگی، تقوی تہ نیک عملیات در دنیا کرنہٕ ییٚنہِ ستی مگر مطلب چھ نوٚن یسُے روحس ستی باجسم در دُنیا اعمال صالح کرنس ستی اُمِس رزق خداے دِوان روز (ذکراللہ) تیٚتھے روزِ سُہ تمُی سٕنٛدِ دُنیا تہ دُنیا ہس منز گذرنہ پتہٕ قیامتس تام۔ تہٕ جسمکِس اتھ جوڑس یعنے شہس تہٕ روحس ستی زان کرنس تہ کینٛہہ حاصل گرٛھنس چھِ ونان روحانیت۔ تہٕ جسمس پیروی کرن والِس جسمانیت یا مادیت۔ یہ زان دِنس تہ امیُک ثبوٗت وشہادت ہیکوٚتھ پانہٕ تہِ بٕنتھ تہ ییٚمکی پر بزلوٗنی تارکھ بزرگان خدا (اولیا اللہ) چھِ در ریاست کشمیر۔ امہِ زانٛی پتہٕ گرٛھیو امہِ ہیوٚرتہٕ تیژھا پرہیز گاری، تقویٰ تہٕ دامنِ مومن مرشدی آسن کہ اُسی کرو باچہار یارتا

پیغمبر ﷺ زان حاصل کرِتھ تہٕ ملاقات۔ یہِ ونو ساری کہ روحس چھُنہٕ کانٛہہ ممکناو چھتھ ہیٚکان۔ مگر سُہ چھُ باامرِ رب وسیلہ رب۔ نورِ رب تی سورُے۔ مشاہدِ کرناوان۔ یہِ اُمی ہٕندِ ریاضتک طاقت پاٚدٕ چھُ آسان سپُدمُت۔ امہِ روحُک تہٕ جسمُک بقاتہٕ ذریعہ چھُ شہ یعنے ہوا۔ یتھٕ پاٚٹھی یہِ ساری کاینات چھِ دٔرِتھ۔ اتھ کُس کرِ انکار اتھ شہس متلق تہٕ اچھ افادِیت بیان چھِ ذرہ ذرہ کران۔ مذہبی نظریاتس منز شہس خصوصی پرٛزنتھ دِنی چھِ بذات انسانٔی زندگی ہنٛز کتاب موٚژ راونس برابر۔ یہِ وَنو کہ شہ چھُ زندگی۔ مسلم نظریہ بمطابق چھُ انسان راتس دوہس (۲۴ گھنٹہ) منز اکھ لچھ ژووُہ ساس شہ ہیٚوان۔ تہٕ ییٚتہٕ چھُ ثابت کہ ییتھ دُنیاہس منز چھِ اکھ لچھ ژووُہ ساس پیغمبر تا ختم الرسُل آمتی۔ یِم اکھ شہ یادِالٰہی تروومُت کوٚر اکھ پیغمبر شہید۔ تہٕ اتھ زانٛنس تہٕ پالنس پیو تصوف ناو۔ پے درپے ذِکر الٰہی یا فرض دٔیِم خاطرِ روٗدی اصحاب صفحہ تہنا درحرم۔ تہٕ گوڈنِکی صوفی ونو یِمنے، یِمو در مسجد ترکِ لذات کرتھ یادِالٰہی پنٛن سورُے کاربنوو۔ امہِ برونٛہہ تہٕ اُس صنم پرس، راہب یادِالٰہی کرنہٕ خاطرِ دور جنگلن منز تنہا بسان۔ اسلام یِنہٕ پتہٕ یِم کفار یا صنم پرس اُس درعبادات شہ۔ یِم آیہ راہب قرار دنہِ۔ دین اسلامن گرٛیم رد۔ یہِ عمل شہ روزتمہِ پتہٕ تہٕ درمومنین جاری۔ عالم وفاضل توحید پرس ہیکہِ نہٕ کانٛہہ اتھ عملہ غیر مسلمانہ یا

مُشر کانہ فتوی دِتھ۔ییٚلہِ ہنود چھ اتھ زبانٔی منٛز پرانیم ونان تہٕ مسلمان درتصوف۔ دِل بایار۔ دست باکار یا فرضِ دأیم ونان۔ یتھۍ پاٹھی انسانی ذرٕیاتس منٛزٕ رنگ یعنے رتھ تہٕ شہ چھِ۔ امہِ ورتاوہ رۆٹ یہ عمل تہٕ فلسفہ تصوف غیر مسلمو نش تہٕ لا الا اللہ زانہ نَس ہتی محمد رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم یعنے شرعی توحیدس ہتی نور نبیؐ در دل شرو پراوُن۔ یہ توفیق حأصل گژھن وألس چھِ ونان صوفی فقیر تہِ تہٕ مومن تہِ۔ یہ ونو بیٚیہ دوبارہ کہ لا الا اللہ چھ ہر مذہب دار پالان تہٕ خصوصاً ہنود، جوگی تہ راہب تہٕ یتھٕ پاٹھی اتھ شہس سیت اللہ یا بھگوان ژھاران۔ پرانایم عملہ ہتی آتماہس راض کرنچ امچ خوشنودی حاصل کرتھ اتھ طاقت دِنچ سارسے عمرِ پۆزابے تہٕ باقی کرم کرتھ امہِ نِشہِ شکتی حأصل کران۔ تہ امچہِ شکتی ہتی بروٚنہہ پکان آمتی یتھٕ پاٹھی چھ یہ عملہِ تصوفکہ شأعری منٛز تہٕ عروج لبان۔ تہِ امہِ علاوٕ ذکر اللہ کثیراً ہتی تطمین القلوب ژھاران وألی بزرگان دین چھ وتہِ ہاوِکی روزان۔ مسلمانس تہ غأر مُسلِمن چھ واضح تہٕ سأری فرق۔ مگر اتھ خفیہ عملہ منٛز چھِ اکھ أکس پتھ بروٚنہہ پکنچ زورآوری روزمژ۔ مسلمان چھُ زیر سایہ رسالت مآب صلی اللہ علیہ وسلم بہ وسیلہ تہ کلی تکیہ رہنمای لا الا اللہ ہس ہتی محمد رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم ذکر صفی تہ خفی کران۔ شریعت کہ دستورِ اتھ عملا وان یٚیمہِ ہتی أمِس ازباطن بصارت تہ ولایت۔ تہ کشف ودسگاہ حاصل

سپدان۔ یلہٕ زن غأر مسلم تہٕ چھِ شکتی حأصل کران۔

مگر ربس پر ہزناوُنک درجہ تہٕ نورِ معرفت چھُس نہٕ حأصل سپدان۔ بلکہ چھِ امہ کہ پرانایم جوگ زندے مران یانا قابل حرکات روزان مگر مسلمان کاملین یمن پرانایم تہٕ جزوِ عبادات اوس۔ تہ یتھ ریاستس تہٕ ہندوستانس منز ییلہِ اسلام قبول کرنہ خأطرٕ دوشوے شکتی آسن وألی اکھأ کس ستی روحانی مناظرہ کشی کران أس تہ اکھ أکی سُند دین یہ ذٕپِ زتِ کہو چہ کھالنہ یوان اوس۔ مگر نتیجہ تہٕ محاسبہ چھُ سارنٕے بروٗنہہ کنہِ کہ أخر کر پہو بڈٕہن بڈٕہن صنم پرس شکتی تھاون والین محمد رسول اللہ ﷺ قبول کرُن تہٕ اسلامس بروٗنہہ کنہِ کلہٕ سجدس تراوُن۔ تہٕ تمہِ پتہٕ بنیأے یم جوگ اولیاتہٕ رٕو د درترکِ سنت۔ مگر دین اِسلام پھہلاوُنک مشن رٕو دیمن تادمِ أخر رضاے رب تہٕ یم اولیا اللہ رٕو دی خداے ذُریاتکی مشکل کشاتہٕ تعلیم اسلام دِوان۔ یموے گُرزان خداتہٕ مصطفےٰ ﷺ بیٚہ سرتہٕ مشاہدہ اُت بدل دُنہٕ زندگی تہٕ اسلامی شریعتہ چھ جہاداکبر ناو پیوان تہٕ بہتر طرزِ عملیاتس چھ دراصطلاح تصوف ونان۔ تہ یمو منز کأنسہِ شعرگویی گرتہٕ تتھ چھِ صوفی شأعری دپان۔ مُلک بھارتس منز یوٚ دوے یہ ویدک دورس منز آشکار گومت چھُ تہٕ صوفی شأعری گٔے مسلمانن نِش مقبول۔ یتھ نزدیک دور ماضی لیس منز سوامی وی وویکا نند چھُ پرانیم فلسفہ یوگاہ

سائینسی نظریات ہٕتی ییتھ قومِ ہنودس پیش کران تہٕ دعوت دِوان۔
أمی ہٕنٛدِس فلسفس منز روح پربزناونک سبق دوان۔ یُس روحس ہٕتی
زان کرنہٕ پتہ پوتِل پرستی بے فایدہ قرار دِوان تہٕ تِتھہٕ پأٹھی نیبر
مُژ رِتھ اندر پربزناونک مشایدہ سمجھاوان۔ أز ییک تام چھٕنہٕ کأنسہ
مسلمانن محدثن یا ہندین ہٕنٛدی فلاسفرن امہِ کو ییزوک کاتھہ سبق نٔی
پأٹھی اظہار کوٚر رمُت کہ خداے پروردگار چھ مخلوقس پنٛن عیال قرار
دِوان تہٕ یمن چھُے اکے قسمُک رتھ تہ شہ پکان۔ ییمہِ ہٕتی یم میون یاد
کران تہٕ میأنس امرس رُوحس۔ آتماہس کرمہ مطابق پالان چھِ۔
یٔمس نشِ کأنسہ، تہٕ بندہ ہٕنٛز دنیاوی زندگی ہٕنٛز کتاب کرامن کاتبین
ہٕنٛدِ ذریعہ لیکھنہٕ یوان چھِ تہٕ امے مطابق یِیہِ أمِس دُنیا پتہٕ کہِ ژھنہ
رُوس دورانس تا قیامت سلوک کرنہٕ۔ یہ دستور رب چھُ ہر کأنسہِ دنیا
ہس منز یِنہِ وأرِس پتھ لاگوسپدان۔ یہ ما گژھ کأنسہِ گمان کہ قیامتس
تام ہیکہِ نہٕ نظر پلتھ یہ فکرِ تارنہ موجوب پٔروسورہ کہف درقرآن۔

## آدم۔ آ+دم

صرف مسلمانی اووت نہٕ بلکہ ہر غأر مسلم تہِ ییتھ منز رب چھُ
اصحاب کہفن أکِس غارس منز رأژ ہٕنٛز ننٛدٕ رتژٕ بن ہتن وٕری ین
زیادٕ مدتس ساوان۔ یم پننہِ خیالہ شامس شونگتھ صبحس ووتھان چھ تہٕ پتہ
ثابت گژھان کہ جسمس مُردہ یا زندہ رأچھ کرن چھنہٕ بندہ بلکہ ربس

نشِ بندہ ہنٛدِ سوالچ ضرورت۔ زندہ ژٕ و أکس غارس منٛز روزتھ ہیوٚک نہٕ تمن کانٛہہ زربرٕ وائتھ۔ کلام الٰہی لیس منٛز چھِ یتھ بے شُمار واقعات۔ یِم بندٕ ہنٛدِ خاطرٕ لاجواب چھِ۔ مگر مسلمان چھِ یمن پرنس تانیتھ بامسلکی کھہرین کُن تشبیہات دِتھ فسادی عنصر بناوان۔ یێلہِ زن یِم ربہٕ ہنٛزٕ حکمتہ تدبرتہ سنٛرس کُن ایمانی توجہ ژھاران چھِ۔ یہ کتھ چھِ انسانی ذریعہ زندگی شہ یمہِ نش شاعری چھ ژٕوان۔ تہٕ یہ شہ پروردگارن دروجود أنتھ میٚرِ مُرس پشرووتہٕ ناوتھوونس بزبان عربی آدم۔ یہ لفظ فارسی زبانٕ منٛز زیادہ شامل أستھ چھُ یہ بیان یعنے آ۔ آجاؤ۔ یعنے دم۔ شہ بذاتہِ چھُ اَتھ پنٛس کُن دُنیاہٕ رِتھ گذران۔ یتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک کہ خداین یێمہِ وِزِ آدم دروجود موجوداوٚن أمِس آونہٕ کانٛہہ دین و مذہب دِنہٕ۔ یوٚ دوے امہِ بروٚنٛہہ نورِ نبی ﷺ أکس تارکہ ہنٛزِ شکلہ منٛز برآسمان اوس پربزلان۔ مگر بقول تہٕ خاہش ملایک مقربان یہ فتنہ گرپاہٕ دُرتھ یوٚ ژھ ربن کہ ساری أمی ہنٛزٕ پاہٕ دُر ہرٕ ذُریات تہٕ گرٕ ژھی أمِس میٚرِ مُرس تسلیم کرٕن۔ اوٕ یُنہٕ دیُت ربن أمی ہنٛدِس وجودس نشانہٕ نورِ نبی ﷺ کہ ساری أنی بلاٚ وِتھ۔ یِم ارواحان دردُنیاہِنہٕ واٚلی تہٕ ملایکِ مقربین تہٕ یمن آدمہ ہنٛدِ بروٚنٛہہ لاتعداد زمانہ پێٹھے ذِکرالٰہی کران ووتمُت اوس تہٕ الست بربکم پتہٕ اقرار قالو بلیٰ طے سپدتھ دوٚ پنٛکھ أمِس میٚرِ مُرس کرٕ وسجدہ۔ گویا کہ راتہٕ یکس

پرٛھس کرن عمرِ ہنٛدی مکین بسن وألی اطاعت تہٕ بظاہر سجدہ۔ یہِ تواریخی عملِ ربانی ووت مسلمانن در ملت آشکارا کران۔

یہ چھُ غور طلب کہ امر رب پول سارِوی ملکوتہٕ جناتو۔ مگر اتھ مقامَس پٮ۪ٹھ زانو کہ ربن أس أمِس تم سأری صفات عطا کرمتی ییتھ أسی وَنو صفاتِ وحدانیت۔ ولایت بصارت، دسگاہ۔ موخضرن خلیفہ صفاتِ ربانی۔ نایب رب۔ ییمہِ کِنیٛ ملکن بہ صفات آدمس سجدہ گرِنس منز کانٛہہ ٹھوٚر با سیوونہٕ تہٕ سوائے ابلیس ییمِس گمراہی گیہ تہٕ پننہِ عبادت کہِ تھز رِ تہٕ نارس مِلون تھاونہٕ موٗجب کھوت نہٕ أمس آدم چکارسے تہٕ گومردود صفاتِ خداوندی در آدم شروپرأوتھ دِیٛتن أمِس اجازت تسخیر کاینات تہٕ سِری پأٹھی درجہ کشف تہٕ حدِ اختیار تہٕ۔

أمِسے آدمس نش دزٕ ایہ مخلوق اِنس یوسہِ جأری چھِ تہٕ یِم تہٕ کانٛہہ مذہب در دُنیا آیہِ تِمو گر ربہ سٕندہن علاماتن پوزاے۔ مگر سارِوی کھوتہٕ یس عمل ہندو دھرمکیو مانن والیو رُٹ سہ چھُ نفِس انفاس یا فرض دایم یا حبس نفس۔

اِچ پیروی یوٚ دوے امرِ رب چھُ مسلمانس پٮ۪ٹھ تہٕ تاکید ہر رنگ آمُت کرنہٕ۔ سُہ مسلمانن یُس تمام پننہِ حرکات تہٕ امورات زندگی احکامِ شریعت مطابق گذاران آسہِ۔ یہ عمل دس با کار دل با یار یا حبس نفس عمل ہیٛکو نہٕ صرف ہندو اِزم کِبن اوتارن ہٕنز وراثت

قرار دِتھ۔ بلکہ چھِ یہ آدمسے درِ دُنیا حیاتی تھاوٕنچ عمل۔ بلا شک چھِ
صوٗفین ہُند طبقہ عمل حبس نفس کماون والین شاعرن ہٕندی شعر زٲنی
کار مسلمانن ہٕندِ خاطرِ روحانی غذا۔ یہ عمل چھِنہٕ عام لوٗکن منز کتھِ
کتھِ دِنی موزون یا آسان وسہل یوٗ دوے عالم و فاضل علامہ تہٕ
آسن۔ یژھن صوفیانہ مجلسن منز یوٗ دوے کانٛہہ پنڈت تہٕ شرکت
کران آسہٕ تہٕ آسہِ اسلامی بجرک اظہار تہٕ یکسانیت ذریات مخلوق
اِنس بنہٕ۔ یتھ ریاستس منز چھِ صوفی اِزم پورِ دنیاہ کہِ کھوتہ زیادٕ ترقی
منز آمُت۔ مگر وونی ییلہِ مغربی تہذیبن کل اضام بل ھم اضل نسل
پاٚدٕ کر۔ یِم خدا ے نعمژ بنیاے عنقاتہٕ کلہٕ دود۔

ییٚمہِ فلسفکہِ صوٗفی تہٕ چھِ ییٚتہِ موجود یِم مسلمان چھِ مگر یمن
ہُند گوڈ چھُ قران کہ ییٚمہِ آیہِ سپدان۔ الم۔

"ذالک الکتاب لا ریب فیه هُدی للمتقین".

اُمیُک معنے چھِ ژٕ پاٚٹھی ساری زانان۔

رب چھُ فرماوان یتھ کتابہِ منز چُھنہٕ کانٛہہ شک۔ مگر یہ چھ
ہدایت تقویٰ پاٚنراون والین ہٕندِ خاطرِ۔ لٰہذا اکرِ و گوڈٕ تقویٰ حاصل
پتہٕ بنِیو مومن امہِ فلسفہ مطابق گوڈٕ زاٚنیوٚ لا الا للہٰداٗ محمد رسول
اللہ ﷺ بخشن زاٚوی جارن منز چھُ عاٗلم بے بس تہٕ سپدان توے
چھُ یِمن کاٚکرِ تہٕ بحث کرن والین کاٚکرونان۔ یتھ پاٚٹھی چھ امہِ

قسمکۍ اکثر صوٗفی شرعی اراکنین یعنے نماز نہٕ پرٕن، روزہٕ نہٕ تھاونہٕ، ان
زاۓنی زانان یۄ دوے گیوٗن بوزُن لطافت روح مانان۔ یہ طبقہ
مسلمان چھُنہٕ پابندِ دین و دھرم سوا ے کہ لا الا اللہ یا حبسِ نفس تام
محدود۔ گو بظاہر تہٕ خفیہ طور چھِ یہنز پلون قبل اسلامہ کٮ۪ن راہبن کنٕ
گرٛ ھان۔ مگر تمو اوس دنیاترٛ وومُت تہٕ یمو نالہ متہِ روٹمُت۔ یا ونو کہ
ہمہ اوست رٕکس فلسفس سرٕ نہٕ روٗس عملاوان۔ یُس قابلِ افسوٗس
چھُ۔ یہ حلقۂ صوفی چھُ امن تہٕ اقتصادی ترقی لباس ژھاۓرِتھ عملِ
حبسِ نفس سرٕ کرنس پتہٕ لگِتھ روزان۔ تہٕ خاموشی ہنزٕ مستی منز کانٛہہ تہِ
سیاسی طوقِ غولامی رَب سُنٛدُ ے کرُن زانان۔ تہ یمن نِش تہِ
سوٗرے بدل یہ أسی عملِ قران پران تہٕ زانان چھِ۔ تمہِ پتہٕ تہٕ ہیکو
نہٕ یِم مسلمان صوفی قرار دِتھ بلکہ پزٕ ی صوٗفی یِم تہِ پاۓدٕ گےٚ تِم چھِ پابند
شریعت أسِتھ فرضِ دأیم تہِ پالان روٗدی متۍ تہٕ کانٛہہ مسلک یا
سلسلہ عملیات چھُنہٕ تِتھس صوٗفیانہ طرزس تہٕ شفلس اسلامی تصوف
مانان۔ گو کہ پزٕ ی صوفی تہِ چھِ سماع کران أسمتۍ۔ مگر مباح تہِ زونمت
درجہ وصل نہٕ حتمی طور۔ پنڈت لوٗکن منز چھُنہٕ کانٛہہ صوفی صفاتن
مطابق شاعر در ہٮ۪نٛد روٗدمُت۔ یۄ دوے پرانیم تٔہنٛد بوٗڈ ذریعہ
حصول شکتی روٗزمُت چھِ۔

محترم مودودی صأب چھ عملِ صوفتیس کافرن ہُنٛد دیُت اعلان

کران۔ تہٕ مسلمان صوفیتس یہِ ہِنٛدی ہش لاگ دار بِمٲری زانان۔ تہٕ باقٕے امہِ کِنہٕ اموراتن شرک و بدعت قرار دِتھ۔ تجدید احیاے دِینس منٛز مُشر کانہ فعل قرار دِوان۔ یوٚ تام یہِ حقیقت تہٕ راسخ اعتقاد زانو کہ شہ چھُنہٕ تیُتھ چیز ایتھ کٲنسہٕ اَکی سُنٛد جا گیرونو۔ تیٚلہِ ہیٚکو نہٕ عملِ شہ کٲنسہِ بندہ خدایس مُشر کانہ فِعل فتویٰ دِتھ۔ فرق چھِ زبٲنی ہِنٛز کانٛہہ چھُ اوم پران تہٕ کانٛہہ الا اللہ۔ توحید دان یم پانس پکہٕ مسلمان چھِ ونان تہٕ چھَ عملاً اُلہویت پالان تہٕ پیٖغمبر صٲبس جبریلسؑ پیٹھ امین زانان۔ تاکید درود تا ملا یک فرمان الٰہی اَستھ تہٕ نماز اداٗکرتھ وُپھوٗنی جانور بنان۔ زن تہٕ مسجد منٛز بعدِ نماز یمن پتہٕ چوبک دار آسان۔ زندگی ہندٮ۪ن اکثر معاملاتن منزرب وٕنتھے تھک کران تہٕ اسمِ محمد ﷺ بار گراں یا نعوذ باللہ شرک زانان۔ کیٛنٛہہ چھِ پانس دھوکہ دِہی ہند ناویانے پٲنی پانس اہل حدیث ونان ییٚلہِ زن اہل قرآن اَستھ تہٕ کایٔناتس ممات دِپان ییٚلہِ زن لاشریک پنہٕ نٮ۪ن ٹاٹھٮ۪ن زندٕ ونان۔ مطلب ذِکر چھِ یِی کہ مسلمان اَستھ تہٕ بر ذاتِ پیٖغمبر لوٗژر دِوان نعوذ باللہ۔ امہِ بدل چھُ غیر مُسلم صنم پرس تہٕ پرانیم تہٕ کران یک روے ثابت گژھان تہٕ بیٚیہِ مذہبہِ کِس پالن وٲلس چھُنہٕ اَمی سُنٛد کانٛہہ بیا کھ شک روزان ییٚلہِ زن مسلمان یک روے ہِنٛز تر کرِ وُتران نظرِ چھُنہٕ گژھان۔ ییٚمہِ بروٚنٛہہ ذکر آیہ کرنہٕ کہ توحید چھُ نامکمل بغاٗر

شانِ نورِ نبوت تسلیم در عشق بادرود چھ اسلام تہٕ مسلمان دروجود موجود۔
ہندوپاک سرزمینس پٹھ یتہِ علامہ اقبال شاعرانہ رنگس منز توحید تہٕ تصوف پیش کران بلکہ انقلابی تہٕ مُسلم بیداری ہُنٛد فرض نکھہِ وأتھ قوم مُسلمہ خاطرٕ اکھ احسان تھاوان چھِ۔ تتہِ چھِ اتھ دورس منز علامہ مودودی احاطہ خلافت گرتھ نظریہ اسلامس توحیدانہ پوچھرِ دِوان۔ عالمس تہٕ مسلمانن مُشتھ گومُت باعث مولود آنجناب ﷺ تہٕ مقصد اسلام با خلافت فرض اِلٰہی یاد پاوان۔ تہٕ عملاً تحریک دِوان یتھ نظامس نتیر دِتھ تہٕ دِینس منز أمِس ہیوٚ کانٛہہ تہِ پاےٚ دسپدٕ نہٕ۔ اسلامی جسم سجاونس منز کانٛہہ کمی تھاوان چھُنہٕ تتہِ اتھ حیاتی تحریک دِنس منز نامکمل روزن چھُ اکھ بڈٕ خامی تہٕ قومی بدقسمتی تہٕ علامہ صاٸب چھِ فردِ بشر ضعیف یم اسلامی نظام تہٕ اچ کرنس منز تحریکی امامت حاصل کران چھُ۔ یِیلہِ زن تِمو تصوفس بدعت سمجھ مُت چھُ مگر اسباقِ روح تہٕ روحانتیس منز سپد نہ أمِس نصیب ادراک روح تہٕ عمل طاقت رب۔ (اَت بابس متلق پرِ والگ کتاب توحید و تصوف)۔

## مطلب بحث صوفی شاعری

یتھ صوفی ہُنٛد آ گرُ چھُ خصوصی طور ہندُ وازمکہِ وجودِ نش اظہار سپدُ مُت۔ یِیلہِ زن بہ تحقیق یہ وجود آدمس پھوٚک رٹنس ستی شروع چھُ سپدان۔ یہ دین اسلامکس دورس منز راہبن طرز زندگی بہ تنہائی

پھبومُت روزان اوسمُت ۔ تہٕ راہبانہ طرزِ زندگی رد کرنہٕ کِنی چھُنہٕ اتھ ازلی عملہِ گوڈ برنہٕ آمُت یانہِ وانہ اظہار سُپد مُت ۔ یہ تصوفی عمل ہتھ عام پأٹھی اعتقاد باروح تہٕ روحانیت بذریعہ شہ گوڈ انوٲر آسُن گژھِ ،روز خاصن ہنٛدِ خاطرٕ اکھ کرٲٹھی وَتھ ۔ یتھ زان کرنُک وسیلہ شرطِ مرشد چھُ ، یتھ آفتابہ پتہٕ زونہ تہٕ امہِ پتہٕ تارک چھِ ازالٰہی با پیغمبر ﷺ تا اولیا اللہ تہٕ امہِ پتہٕ پکان روزٕنی عمل ۔ توحید بحوالہ تصوف چھُ بلا تردید تہٕ بلاشک عمل ۔ یتھ زٲنتھ پرکھٲ یتھ چھَنہٕ کانٛہہ مسلک پسندی تہٕ نہٕ چھُ اتھ منٛز کانٛہہ شرک و بدعت ۔ بلا وجہ تہٕ ان زٲنی ہنٛدِ موٗجب شوٗبہِ نہٕ ملتس امہِ کِنہِ رخنہ اتحادٕکُن تراونہٕ ۔ جناب مودودی تہٕ امہِ نٮ۪بر توحید دان کریو حبل الورید زٲن لچھ بٔڈی تعلیم یافتہ یِم بدقسمتی ‌ٕکِنی یِم پننو تحریری کُتب خانو نٮ۪بر کینٛہہ تہٕ مطالعہ کرنس شرک ونان ۔ ییٚلہِ زن دستور اسلام آفاقی دین تہٕ کشادگی منٛز برزمین رحمتہٕ للعالمین ٔسایہ رب العالمین کرتھ موجود چھُ ۔ اتھ منٛز تہٕ چھُنہٕ کانٛہہ شک کہ صوفیت ییٚلہِ عموماً شکم پرستی تہٕ عیش پرستی بنہٕ ، اصطلاح دور حاضر امن تہٕ اقتصادی ترقی زیر اسرائیلی منصوبہ جمہوریت سجاونہٕ آیہِ تہٕ یوان چھِ امہِ نظریہ چھُ مولانا مودودی سُند برملا اعلان ضدِ تصوف حدٕ کھوتہ تقویت لبان ۔ تہٕ تصور احیا توحید محسوس گژھان ۔ یتہٕ ہیکو نہٕ مٔشرٲوِتھ زِ تصوفکی اکثر جُز چھِ مسلمانن مستی تہٕ کاہلی منٛز غوطہٕ ناوان ۔ یِمہِ

مؤجُب غلامی فولادی ہُنٛد زولانہ۔یتھ قومس پوشہ مالہ نظریوان چھِ تہٕ صوفیتُک ناو (کشمیریت) عملِ امن پیٹھ اندواتہ ناوانہ یوان چھُ۔

ووٗنی زانو کہ یہ لفظ صوفی کُمؠ کوٚر گوڈٕ ایجاد۔ بحوالہ کتاب کشف المحجوب از داتا گنج بخشؒ ۴۶۵ ھ جناب سرور کائنات ﷺ۔ چھ اصحاب صفحہ یعنے مسلمانن ہنٛز اکھ جماعت خالص برائے ذکر اللہ در مسجد نبویؐ کِس اکِس چبوترس منز روزنٕک اہتمام وارشاد فرماوان۔ تہٕ اتھ جماژ چھ اتباع حضرت ابو بکر صدیقؓ امہِ آیہِ سَند بنان کہ یموے سوٗرے مال خانہ و جایداد برائے اسلامی جہاد پیش کران تہ اتھ جان و مال فِدا کرنہٕ کِس اتباعس منز آیہ کینٛہہ اصحاب یموسوٗرے دُنیا ترأوِتھ ذِکر اللہ ہس منز خوشنودی آں جنابؐ زون تہ جناب حضرت ابو بکر صدیقؓ سٕندِ نذرانہ کُلّچ اتباع کٔر۔ یہُنٛد دور ۳۴ ھجری تا ۱۵۰ ھ چھُ روزان۔ اتھ عشق نبی ﷺ منٛز چھِ جناب حضرت اویس قرنی تہٕ فِدا گژھان۔ یم ۳۷ ھجری منز یٔمہِ دُنیا گزران چھِ۔ دور تابعین چھُ ۱۵۱ ھ پیٹھٕ ۹۶۱ تام روزان، اتھ زمانس منٛز چھِ تٕرے صوفی آسان یٔلہِ زن لفظ صوفی ۱۵۱ ھ منز ابو الہاشم چھُ گوڈہ استعمال کران تہ یہوے امیُک موجد تسلیم گژھان۔ ابوالہاشَم چھ کوفُک روزان وول آسان۔ امہِ نظریہ خلوت نشینی خاطرٕ چھُ بمقام رملہ اکھ خانقاہ بناوان (۲۴۱ اق م) پتہ ۱۵۱ ھجری بمطابق ۷۶۸

عیسوی ۱۲۴۱۔ ابوالہاشم چھ پانہٕ درمُلک شام وفات کران۔ امہِ پتہٕ کہ دورِز مانس منز چھُ حضرت رابعہ عدویہ مسلکس ہتی آسان یُس ۸۰۱ ہجری بمطابق ۸۵ وفات چھُ لبان۔ امہِ پتہٕ چھُ حضرت ذالنون مصری ۴۲۵ منز امہِ نظریک تہٕ نظریہ وحدت الوجود نوٚن کڈان، امے نظریک چھُ حضرت بایزد بسطامی بُد نیا آسان تہٕ اتھ نظریس پیروی تہ پوچھر دنہٕ وول حضرت جنید بغدادیؒ تہِ گُزران۔ تہٕ پتہٕ پاٹھی چھِ حسین بن حلاج منصور صوفی مسلکُک بہلہِ پایہ شخصیت تہِ آسان۔ گویمن کینژھن صوفیاے کرامن ہُند مسلسل ابتدا چھ اصحابہ صفحہ پتہٕ جاری روزان۔ تہ سلسلہ صوفیا گو عرب وعجم پٔننہِ مُشک دار قد آور شخصیات پأدکران۔ یمن سارنٕے ادوارن منز زمانہ کیوِ تفسیر اتو تہِ ورگو منٛز رودیہ سلسلہ روحانیت بنام صوف بروٚنہہ پکان۔ تہٕ یہ روزِ توٚت تام جاری یوٚ تام متابعت اویسی تہ ظاہر مسلمانن منز روح موجود روزِ۔ یہ مِشن چھُ زیادٕ پہن دنیا منٛز گزریمتن بزرگان دینن، صوفیاں باشریعت وطریقت، فقرا شہدا تہ صالحینن منز روزِتھ بروٚنہہ پکان آمُت۔ زمانہ جدیدیت مغربیت تہِ ونوٕ یٔیہِ ہوس مُلک گیری یت جمہوریت تہِ دپان چھِ یوسہٕ اکہِ طرفہ عُریانت شہوانیت سماجی ضرورت قرار دِوان چھ تہٕ یوسہ تحریک نُوِ پُیہِ مجرمانہ تہٕ غیر اخلاقی مستی کُن پکناوان چھِ تہٕ اتھ دویمہ طرفہٕ بنام اعتقاد گوڈ

بران ۔ ییمہِ ستی تصوفچ اصلی عظمت تہٕ مقصد روحانیت شرک وبدتہٕ
کھوتہٕ تہِ مہلک تہٕ غیر اسلامی رسواج تہٕ فیشن کاڈ کڈان چھُ ۔ تہٕ
سارٕوی کھوتہٕ خطرناک پہلویتہِ پھبان کہ صوفیانہ شاعری ہٕند ہن
غزلیاتن مجاذیت کہ رنگی بمبئی طرز جنسیاتی سٹیج کوچہ کوچہ سجاونہٕ
یوان ۔ تہٕ بیٚیہِ طرفہ بیا کھ ستم ظریفی یہِ کہ کینٛژھن صوفی شاعرن ہنٛز
توحیدی حقیقت یوسہِ مجازیتس منز آورِ چھِ گامٕژ چھُ امیگ معنے نہٕ
سمجھنہ کنٛی شاعرسنٛز مجنونیت محسوس گرٛہان تہٕ اتھ کفُرک اعلانِ فتویٰ
دِوان ۔ اصلی اعتقادس تہٕ صوفیانہ مسلکس مدِ مقابل چھُ یہِ نظریہ
اسلامی توحیدٕ نوٕ پُیہِ تعلیم یافتن منٛز عام یوان کرنہٕ ۔ یمن علمی مأدانس
منٛز عملی زندگی ہٕندی مشکلات تہٕ تصورات نظر گامتی چھِنہٕ آسان ۔ تم
چھِ تصوفی مسلمانن مُشرک لعین تام سمجھان ۔ خلافتکہ ادواران پتہٕ
تِتھین شخصیاتن دشمنِ دین سمجھان ۔ پنہٕ نیونظریوتہٕ ارادومزارن تہٕ
مقبرہ جاتن ہموار میدان بناونس ثواب کامِل زانان ۔ سماع یا گوٛنچ
یا شعروشاعری ہنٛز چھِنہٕ کتھے ۔ گویم وجوہات چھِ غیب الغیب رشتہ
روحانتیس ناپید کرنس وَنو حُکم الٰہی یَس بغاوتس برابر زانُن ۔ ؤلیووونی
دِموأ رکس وُہمہِ صدی ہٕندس آخری دورِ رکس أرکس صوفی شاعرِ
سٕند ہن کینٛژھن شعرن وون یُس عقلی، شرعی طرز اداہس منٛز کفُر ئے
بیان چھُ سمجھنہِ یوان ۔ ییٚلہِ زن سُہ توحید تہٕ رزقِ حلال یعنے تزکیہ

نفسُک دعوت دِوان چھُ۔ توحیدُک سبق چھُ صوفی سُند عملی تہٕ تجرباتی مشاہدہ زندگی آسان۔ مخلص بے ریا بندے خدا صوفی ریاضت نفس انفاس پرانیم کرنس دوران وُچھان چھُ سہٕ چھُ تی بزبان ترتیب الفاظ یعنے شعرن منز باوتھ کران۔ أمی ہٕنڈِ ونُنک رازِ باوتھ چھُنہٕ سہٕ عامس فکرِ تران۔ بلکہ مادی تعلیم یافتس نہٕ بُلکلے۔ یہِ چھُ عملیاتن منز اکھ الگ کرآٹھی تہٕ دُشوار وتھ۔

یِتھس شاعرس چھُنہٕ نقلی خودی ہٕستی کانہہ واٹھ نہٕ چھُ کانسہ ہٕنڈِ شرعی فتوئ کفرُک پرواکران۔ یہ چھُ پننہٕ حالتہٕ وجودی رَبہ ہٕنڈِس رضاہس مطابق تعمیر کران۔ یِتہٕ وَنوکہ یہ چھُ روپوش پأٹھی ملنشارب ہٕنزِ لاکمہِ تل غولام تہٕ ہمہ اوست منزل وحدانیت سرِ کرنُک تشنہ بنان۔ امہِ قسمُک باشریعت وطریقت صوفی چھُ درجہ فقر لبان۔ یِتھہٕ پأٹھی چھِ عالم حیرتس منز رأوِتھ کارِ خدایی ہُنڈ راز باونس منزٕ تہِ زیٚوِ باونس کرِتھ ورتاوان۔ مثالہ پأٹھی چھُ کاشرُک اکھ شاعر ونان

کس ونہٕ دشمن کس ونہٕ دوس
پانے اوس بہٕ بہانے

یعنے شاعرس چھُنہٕ پنہٕ نِس یختارس منز کہنہیں لبنہِ یوان تہٕ یہِ ساری عملِ زندگانی چھ صرف تحریک باذن اللہ ہس تحت ماتحت وُچھان۔ یعنے پنُن پان مصنوی یا بے سروپای زانان۔ یہِ فرمان رب

کہٕ "لیس الا نسان الا ماسعی" تہٕ موجود امر چھُ ترجمہ کنۍ چھِنہٕ انسانس کوشش تہٕ تگ ودو ورای میلان مگر شاید چھُ ییٚتہٕ یٖمۍ سٕنزِ کاری گری زانان کہ یہ تہٕ چھُ ربس تام ییٚلہٕ سُہ دِیس۔ تہٕ یہ عالم وُچھتھ نہٕ چھُ مےٚ کانہہ دوست تہٕ نہٕ کانہہ دشمنہٕ (منزِل توکل باللہ)۔

بیا کھ صوفی چھ ونان شوِ تہٕ شیطان چھُ أکِسۍ گھرس بلکہ شیطان چھ پیٹھ منبرس۔ یہ تہٕ چھُ ظاہری عقلہ کھش کرنس برابر۔ ییٚلہٕ شاعر چھُ شِوس بوٚن وأنِتھ تھزرس شیطانسۍ وُچھان یہ چھِ سأری تسلیم کران کہٕ خدا صأبن تھوو شیطان تہٕ فرموون۔ اِنہٗ لُکم عدو مبین۔

مگر شاعر چھُ عام طور ییٚتھ مخلوقس منز رحمانس پتہٕ تہٕ شیطانسۍ امامت کران وُچھان۔ پرٛزِ پأٹھۍ ییٚلہٕ ییٚمہٕ زمانہٕ کِس انسأنی خصایلو کُن وُچھو تیٚلہٕ چُھنہ اتھ کانہہ تردید یا معنے کرنچ ضرورتی۔ تِکیازِ ییٚتھ دُنیاہس چھِ تمہٕ نظامُک راج لیس ربن بروٚنہہ ردکوٚ رمُت چھُ۔ مگر صوفی طرز وفکرس منز ونو کہٕ بندگان خدا چھِنہٕ پننہٕن ایمانی تہٕ ربانی کردارن منز ییٚتی پوختہ کہ ییٚتہٕ چلہ ہے رب سُندُ رےراج مگر شیطان یُس عباداتن منز سَرس رودمُت تہٕ انسانی حواسن مادیاتہٕ کہ انہارہ اصلہ نِش ڈالان چھُ۔ چھ امامتس تہٕ باقے انسان چھس تابع تہٕ اقتدا کرتھ۔

گوکہ امہ پتہٕ تہٕ چھِ صوفیانہ معنے پس پردے۔ (موخصر)۔

ووٚنۍ دِمو گژُر ییٚمتس صدی ہٕندِس شاعر احد زرگر سٕندِس ییٚتھ

غزلس تہٕ امہِ کِس معنے یَس کم کینژھا پھیر، یتہِ چھِ ژِ بتس تھاوُن
کہ صوفی شاعری ہُنٛد دامن چھُ جدید شاعری وارِیاہ دور کوٗرمُت تہ
عملہ تصوف چھُ ووٗنی کم کینژھا زمانس منز موجود۔

لا سرٕ کر دپان منہٕ چی سیپار
کافر سپدِ تھ کوٗرُم اقرار
حرفن معنے زانہِ ہُشیار
کافر سپدِ تھ کوٗرُم اقرار

شاعر چھُ غزلہٕ کِس شروٗعس منز (لا) زانہِ مانہِ تہٕ سرٕ کرنہٕ خاطرٕ
وٕنتھ دعوت دِوان۔ کہ یہِ اَکھ حرف (لا) چھُ دِلُک اَکھ سیپار۔
(قران ۳۰ پارہ) تہٕ یہِ چھُ اتھ اَکہ سپارہ برابر تشبیہ دِوان۔ امہِ مطابق
چھُ لا سرٕ کرنُے صوفی سٕنٛزِ زندگی ہُنٛد کُل مقصد تہٕ طمع (حاصلِ کُل)۔
لا عربی حرف ل+ا = لا چھُ کٲشرِ منٛزِ تہٕ کٲشرِ زبٲنی منٛز استعمال
یوان کرنہٕ یعنے گُنہ چیزس استعمال نہٕ کرنہٕ خاطرٕ تہِ چھُ استعمال
سپدان مثلاً تموٗک چنٛہس کَرِ وُلا' یا تورگرٕ چھنٛس کَرزیوُلا'۔
بقول شاعر لا وٕنتھ چھُ ساریسے انکار۔ ممکن چھُ کہ شاعرس آسہِ
کانٛہہ توحیدی جُز درنظر۔ توے ژٕوُلس نیرتھ کینٛہی چھُنہٕ۔ ییٚلہِ نہٕ
کینٛہہ چھُ تیلہِ کیا چھ۔ شاعر کُلس دروت دِتھ کتہِ بنہِ اتھ اکھ سیپار۔
لا گوٗ قبلِ آدم تہٕ لا گوٗ ساریسے منکر سُپدن۔ لا دپوا اثباتس منز نفی سپدُن۔

مگر یِیلہِ نہٕ کینٛہہ نظرِ منز آسہِ انکار کتھ کرو۔

امہِ انمانہٕ وَنو کہ لاگرٛ ژھِ زانُن کہ بہٕ چھُس نہ کینٛہی اَگر چھُ سُے چھُ بس تمٕی سٕنٛزے ذات۔ گو بندہ چھُ برزمین زیرِ آسمان اکھ موجود جسمانی ڈھانچہ (کرٛژز) یِس یہِ پرٛژھو سہ وَنہِ کینٛہی چھُنہ۔ یِتھٕ پاٹھی چھُ شاعرس نِش لا اکھ تیُتھ بازر یَتھ دِلچ کتاب بنہِ۔ صوفی لُہک کیاہ تہِ معنے کرن۔ یِمہِ اِدرا کھ تل چھ ننان کہ لا چھُ تمِس مقصدِ حیات یُس جامورۆ سٕتے چھُ۔ مو خصر وَنو کہ یِیلہِ مےٚ زون بہٕ چھُس نہٕ کینٛہی تہٕ مےٚ کوٚر قالو بلیٰ لا تہِ گو کافر بنُن یعنے پنٕنٛز ساری ہستی ترٲوِتھ پیش رب اقرار کرُن۔ لا معنے زانتھ کرِ غارٕ مسلم پننہِ راہبانہ زندگی تائید اسلامی نظریہ چھُنہٕ اتھ اجازت دِوان۔ بلکہ معاشرتی زندگی منٛز ہر باطلس نکارِتھ شوٚزتہٕ پاک زندگی گزارٕن۔ بلکہ چھُ یہ باطلانہ مرکباتن منز باطلانہ نظامس سٕتی جہاد کرنچ تحریک دِوان یِتھٕ پاٹھی گرٛھنہِ لا انفرادی زندگی ہُند محور بنُن۔ بلکہ تصوفکہِ حوالہ چھُ یہِ پورہ مِلتس عملہ کلمہ طیبٕک سبق دِوان۔ اگر چہ شاعرسُند مقصد مادیتس اِنکار کرتھ کُن خدا زانُنگ مشاہدانہ نعمت حاصل کرنَس سٕتی توحید زانُن چھُ۔ تہ امہِ کہ زاننہٕ سٕتی چھِ یہ اکھ سپارہ برابر بنان۔ شاعر چھُ اتھ ساری سے عہدہ یا منصبہ کافر قرار دِتھ اقرار رب پرٛزرزانان۔

زنٛدٕ کر مُردس ستیٖ صحبت
رِنٛدٕ چالہ بأگرُس لول محبت
گنٛدِ نے ماد نر وصلک زار
کافر سپدِتھ کوٚرُم اقرار

یِتھ مصرس منز چھُ شاعرسنٛدِ کلام نِش یہِ سمجھُن کہ سہٕ کتھ چھُ زندہ تہٕ کتھ مُردٕ ونان۔ تہٕ مُردس ستیٖ لے خوے تھاوٕنی کیا معنے چھُ تھاوان۔ صوفی نظریہ چھامہِ مطابق جسمس مُردٕ تہٕ روحس زنٛدٕ ونان تہٕ شہس دوشونی ہُنٛد وسیلہ عارضی تہٕ تہِ چھُ زانان کہ یُمی قرب لوٚب سُہ تہِ زندہ۔ مُرشدس تہِ ونو زِندہ۔ تہٕ طالبس مُردٕ۔ یُس باہوش درراہ سلوک پنٛن اعمال زندگی گذاران آسہِ تس تہِ وَنو زندہ تہٕ طالب مولا یُس بامرشد کاملِ بادستور منصبہ پراوان آسہِ تہٕ سہٕ بنیو وزندہ۔ یِتھٕ پأٹھی گژھِ مُردسے زندس ستیٖ جوڑ کرنٕچ طلب داری آسٕنۍ۔ شاعرٕسنٛدِ مطابق چھُ بجر زندسے تہٕ جسمس یا طالبس گژھِ أمس ستیٖ نزدیکی بنیس گومرشد چھُ درجہ حیاتی تھاوان۔ تہٕ طالب چھُ ممات اوٕ رِکنی چھُ بہ نظر شاعر صوفیانہ طرز طالبس تیٚتھ لول برُن۔ یِتھٕ سہٕ زندگی پراوِ یا زندہ بنہِ، صوفیانہ پأٹھی ونو یمن دون چھِ نکاح گژھان۔ تہٕ دون باژن (نر مادہ) ہنٛدی پأٹھی اکھٕ أکِس ہم راز بنان، یہ ونو کہ لیس ستیٖ نکاح چھُ باتدبیر تہنٛزے ببہِ چھوٚ دامہ دامہ شیر۔ تہٕ پیر سُنٛد سیر

طالبس نش دودھ بنان تہ یی چھتھ چھُ سُہ رب زانان تہ دون یعنے مُردس تہٕ زندس جوڑ بنان، یکجا گڑھنٕچ وتھ کتھ بنان۔ شاعر چھُ رِندٕ وٕنتھ تہٕ ہٕنتھ زاہدس دَم کران تہٕ صوفی وَتہٕ ہِچ بنیاد ذکرِ خفی چھِ اتھ طرزس کُن جبس دِوان۔ییلہِ زن زاہد عموماً ذکرِ جہرس منٛز زیادٕ آوُر چھُ آسان۔ رِندٕ چال گیہِ طرزِ رندانہ ذکرِ خفی۔ تہٕ امیُک تاثیر یعنے شہس ستی لے روزِن۔ پانہٕ وٲنی نرمادہ تہ ذکرِ الٰہی امیُک وصل زانُن۔ یم منازل تہٕ عمل برونٛہہ پکناوِن زن تہٕ گوس بہٕ کافر تہٕ اِد کوٚرمے تمی ہٕندِ آسنُک اقرار (موخصر وضاحت)۔

بیت مصرعہ نمبر ۳۔

پر حرامس تکبیر دیو نیاز

ییٚتہٕ نہٕ آسہِ قبلہٕ تتی پر نماز

کر امام سُے یَس ٹیوٚک تہٕ زنّار

کافر سپدتھ کوٚرُم اقرار

یتھ مصرس منٛز چھُ شاعر صوفی سُنٛد دستور باوان تہٕ شرعی بندشو ہِشہِ دور ژلان (قابل فتویٰ کفر بنان) معنے حرامس تکبیر پرُن گوسہ سورُ ے تراوُن یتھ خدا ناراض گژھِ۔ حرام کمہِ انہ وانہِ تہٕ معنے چھُ شاعر زانان۔ مگر حلالک ضدِ چھ حرام۔ صوفی چھُ امہِ کہِ نسبت زیادہ گرٛتہٕ سخ بندش کران تکیاِ زِ غار ہٕنز کتھ تہِ چھِ حرام۔ بیٚیہِ زانو یہِ کہ

حرام ترٲوِتھ نیاز دِیُن یا گوڈے صدقہ یا توبہ کرُن تہٕ گواتھ وتہٕ منز
چھُ یِتہٕ نیاز۔ حرام گوتہٕ سورُے یِنہٕ روحس وِییہٕ یا یمہٕ ستی ذکرِ الٰہی
یس ضربن منز یِیہٕ کُنج کتھ پکہٕ بروٗنہہ یا بوزِ۔ یِتھٕ پأٹھی چھ رزق
حلالس ستی لے یا حاصل کرنچ وت سرِن۔ اَمہ علاوہ دُنیاوی لہولہب
ترٲوِتھ حلالس ستی محوروزُن۔ مگر صوفی طالب بنہٕ بروٗنہہ دِ نیاز یعنے
صدقہ یمیک مطلب یہ وَنو کہِ خیرات کرُن۔ تہٕ گوپتِمس توبہ کرُن
تہٕ سخاوت، اِدِ پرَ تتہٕ نماز معنے ذکرِ حق یِیتہٕ نہ کانُہہ طرفہ بندش آسہِ مطلب
یہ کہ شرعی طوریت اندس یا طرفس کُن نماز پران چھ (قبلہ بسوے کعبہ)
سُہ یا سوِی یوت پھُنہ چون قبلہ بلکہ یم ساری جہات زانٛگھ تمٕی سٔندی پمِ
کعبہ مقرر کوٚرمُت چھُ۔ یعنے ژواپأری چھُس سجدہ میانی اللہ اللہ۔

صوفی سُنٛد موخصر غرض چھُ کہ چون کعبہ چھ بس چون دل۔ گوامہِ
رمزِ تہٕ زأنی مطابق چھُنہٕ ظاہری قبلہ حد بناوان بلکہ گرِ شھِ دلِ کعبہ
زانُن۔ شأعر چھ امہِ حدٕ تہٕ نیران کہ اَتھ مسجد منز بناوٗن امام سُے یس
ٹیوک تہٕ یونہِ آسہِ۔ یعنے چون مرشد چھُ یہوے یس یم خصوصیات
آسَن۔ اتھ شرعی دوری پتھ یِیلہِ عام فرد مسلمانس یہ بوزناوِتھ
پرِژھوسُہ تُلہ ہتھیارتہٕ یہِ قتل کرُن: انہِ حکم ربانی تہٕ ثواب۔ بلکہ پرِژی
کنہِ چھُنہٕ یُتھ شعر عوامس بروٗنہہ کُن تراونس لایق۔ تتھی ہیوٚی
صوفیانہ شعر چھ مُلک اعتقادس شرک و بدعتکی زوولان تراوان۔ یہ

مصرعہ اگر عام غاز مسلمنس ، ہندِس وَنوسہ کرِ شادیانہ تہٕ سمجھ کہِ پزٕ
پاٹھی بنیو واکھ مسلمان تہٕ اسی ہیو بٹہٕ۔ یا وَنہٕ کہ سونٔے آذرستان چھُ
پوز مذہب۔ باسان چھ کہ یہ صوفی شاعرتہٕ چھے تُتھے پھیر دِوان یہٕ
میر صابن درار دُو وونمت چھُ ، قشقہ کھینچا دیر میں بیٹھا کب کا ترکِ
اسلام کیا۔ توحید پرس احبابن نِش چھُ گوڈے صوفیت شرک و
بدعتُک آ گُر تسلیم تہٕ پتہٕ یتھ ہنود سیکولر مُلکس منز اتھ عملی طور فتویٰ کُفر
دِیُن یِوْ دوے ممکن چھُنہٕ مگر ردِ عمل ہاوُن چھُ ناممکن۔ وونی ییلہِ شاعرٕ
ہندِس حقیقی اظہارِ بیانس کُن سَنو تیلہِ چھ یہ انتہائی توحید پرستی تہٕ غیر
مسلِم بنُن چھُنہٕ کیتھے۔ بیٛیہِ چھُ یہ سمجھُن کہ مسلمان اَستھ ییلہِ نہٕ کانٛہہ
مصدق مسلمان بنہِ تہٕ سہٕ گُس مذہب دیہِ تِمن پانس کُن ینہِ بلکہ
صوفی منازل چھ انسانی وجودس پٔژ زنتھ دوان یتہِ یہ ذاتِ الٰہی یس
پانَس نِش ڈیشان تہٕ وجود الٰہی سرہ کھرہ گرتھ کینٛہہ امیچ اصلیت
وِچھتھ زہرہ پھکھ کھیوان تہٕ خاموش گژھان۔ بلکہ اتھ عملی مشاعرس
منز رأو تِھ صنمہ یا گنٛز Stone بنان۔ تہٕ کینٛژھن کہٕ تاب روٗزتھ
کربکہِ ژلان نیرتھ۔ اِدییلہِ کانٛسہِ پوشہ مالے تگہِ بناوٕنی سہٕ چھُ شعرٕ گر
بنان۔ تمہِ پتہٕ تہٕ جامہ وٕلتھ سرِ باونس مجبور گژھان۔ تہِ کینٛہہ
سالک چھِ خدا پرزنٛچ ژھرزا ہنتھ نٹان تہٕ گُنہِ ظاہر حرکاتس منز لا جواب
گژھان۔ امیُک مطلب چھُنہٕ کہ شاعر احد زرگر یہ کینٛژھا باوتھ

کران چھُ تہِ کیٚنژھاہ چھُ عوامی طور قابل عمل یا تقلید و اتباع۔ نہٕ ہرگز نہٕ
بلکہ چھُ سُہ تشبیہاتن کأم ہیٚتھ یہ سمجھاوان کہ مومنس کیٚتھ درجہ گژھِ
آسُن وجودی رنگس منز۔ پوز زانو تیلہِ چھُنہٕ أزکسِ ییٚتھ مغربی
سائینسی امریکی جمہوریتس منز خود بٹس تہِ یہ خبر کہ تِمس کیاز چھ ٹیوٚک
تہٕ پتہٕ ستن پنن ہُند یونہِ پن اکہِ پھیکہِ ہیوٚر دویمس کرِژھس پھاس
ترأوِتھ۔ اگر چہ ملکِ ہندوستانس منز بڑن بڑن ہندی گوسانن
کاجہِ وٹس برابر ٹیوٚک چھ آسان۔ تہٕ سینس تام دأرِ تہِ۔ ییٚلہِ زن
تِمن منز تہِ کأنتیاہ لذت پرس آسان چھِ تہٕ بے ادبی معاف تِتھی
ہیوٚ جوگ چھ شوس مُشرِتھ تِمی سِندس لِنگس پوٗز اے موجوب ترشول
ہیٚتھ کُشیرِ امرناتھ تران پوٗز چھُ یی کہ نہ چھ تِمن شوس ستی کأنہہ علمی یا
عملی زان تہ نہٕ ہیکن تِم یہ وٗنتھ زِ شِوٕ سندِس لنگس کیٚاز چھ تِم شینہ
شکلہ وُچھنس پتہٕ لگی متی۔ یہ چھِ صرف سیر وسیاحت تہنز۔ مذہبی فلسفچ
نہٕ کأنہہ اتہ پتہٕ۔ بلکہ چھُ امہِ پتہٕ کُشیرِ سیأسی اکھاڑ قبضہ کرنُک دِلی
آرزو ییٚنہ کیٚنہہ۔ امہِ منز چھِ ہند انتہای پسندی موٗل لبان۔ نہٕ شِو
سنٛز زان نہٕ، کأنہہ عمل نہٕ عبرت۔ امہِ کہ بنیأدی ثواب نہٕ کیٚنہہ۔ پتہٕ
چھُنہٕ یمن امر۔ تہٕ ناتھ یادی۔ زندہ روزنچ ہانکل بحث چھُ یہ کہ
شاعر احد زرگر چھ ٹیٚکچ تشبیہ دِتھ طالبس أمِس ستی بانکرٕ بیعت کرنچ
دعوت دِوان۔ أمی سُند مطلب چھُ یی کہ یہ گژھِ ٹاکارہ پأٹھی صالح

تہٕ تم ریاضت حاصل کران اوسمت یم بندگی ہُند لوازمات چھُ امرِ الٰہی ''ٹیوک چھ نین شہادت'' کانسہ ہندِ اصلیتچ تہٕ زیادٕ پہن مسلمانس تہٕ غارٕ مسلمس تہٕ۔ صوفی یس گرٕ ھِ پوختگی حاصل آسنی گاہٕ تہٕ اُمس گرٕ ھِ کھتِھ پاٹھی ستھ پن تہٕ نال آسنی سپدٕ متی یعنے ضرب۔ یم حبس نفس تھاوان ڈالی یوت زانان تہٕ عملاوان چھِ، یہ چھُنہ بظاہر عملی ٹیوک یاستھ پَن تھاون بلکہ چھُ یہ مجازی رجحان تہٕ تنجِ یتھٕ پاٹھی چھُ شاعر دلس کعبہ زانان تہٕ اوراد اشغال صوفیانہ عملات زانن والس پُنُن امام ژھارنچ دعوت دوان۔ صوفی سالکن نش چھ ذکر جہر تہٕ اراکین مسلمانی شریعت یہ خفیہ عبادات گوطریقت۔ مگر سُہ صوفی یُس کلُی طور شریعت زہدانہ ریا کاری دَپتھ صرف لا الا اللہ زان راونس پتہ روز یتھ صوفی مسلمان قرار دِیہ سُہ چُھنہ مسلمان بلکہ صوفی بدون مذہب اسلام خالی صوفیانہ عمل کلیتاً وسیلہ بندہ بارب چھ واریاہس حدس تام قبل اسلام کین جوگین ستی برابری کران۔

مصرعہ نمبر ۴

مے لوٚد آدم مے دِیُتُس جان

مے زاو محمدؐ مے وون قرآن

مے نشِ نوٚن دراو ملک الجبار

کافر سپدِتھ کوٚرُم اقرار

یمن مصرن منز چھُ شاعر مےٚ ڈیٚتھ مخاطب سپدان تہٕ اتھ
کلامس منز چھُ مجاز وحقیقتُک انہار برٕتھ۔ مےٚ لوٚد آدم I built
Ist man Aadam اَمہ وزِ چھُ شاعر بہ مشاہدہ خود امر بنان یاد پو
امرِ رب ستیٚ رب نعوذ باللہ بنان تِکیاز زِ قطرٕ سمندرس تہٕ چھُ سمندری
آسان۔ یس نش حالِ سمندر چھ آسان۔ وجود ازلس پرٛزنتھ دِتھ
ترجمان رب بنان یعنے رب نہ بلکہ بوجود رب تہٕ اَمہِ وحدت الوجودہ
نش رب سٕند وجودے پانس مےٚ ونان۔ یہ فکرِ ترٕتھ چھُنہٕ یہ کانٛہہ
شرکِ بنان تہٕ یہ مرتبہ زانٛنتھ کہ مےٚ نش چھُنہٕ بندا ستھ ربہ سٕنز کانٛہہ
دوری تہٕ سوے نزدیکی یعنے خود رب بٕنتھ ونان کہ۔ مےٚ بنوو آدم تہٕ
مےٚ دیُتس جان نعوذ باللہ شاعرن نہ بلکہ پانہٕ ربن تہٕ امہِ پتہٕ چھُ
مجازس کُن یتھ دپان مےٚ زاو محمد ﷺ چونکہ رب چھ اِمہ نشِ پاک تہٕ
ربس زیوِنہٕ کانٛہہ ،توے چھُ یہ مجاز کس درجس پیٹھ وا تتھ دپان کہ
مےٚ کوٚرسہٕ تہِ پادٕ۔ یِتے یوت نہٕ بلکہ قرآن تہٕ وون مےٚ یہ زانیو یہ
چھُنہٕ احد زرگر بلکہ چھِ تٔمی سٕنز زبو ونان۔ کلام اظہارِ رب تہٕ قرآن پر
ناوتھے دژاو ملک الجبارنوٚن۔ گو آدمہ سٕندِ ذریعہ پیغمبر۔ تہٕ تٔمی
سٕندِ ذریعہ اعلان رب یم اوصاف منازل تہٕ تھزر زانتھ کوٚر مےٚ
اقرار۔ یتھ پاٹھی چھُنہٕ شاعر بذاتہِ کانٛہہ اختیاری مجسمہ۔ اَمہ پتہٕ
چھُ شاعر ووٚنی یتہِ ونان۔ شرع زالتھ دٕتہِ یکھ پور۔ و راح الوراح

اَدہ منظور۔ فراک تہٕ اصُل بیوٚن بیوٚن زار کافر سپدِتھ کوٚرُم اقرار۔ شاعر چھُ یتھ شعرِ غزلس منزونان۔ شراع زالتھ وَتہِ پکھ پوٚر یوٚ دوے شرعی معنے نمو تیلہ چھُنہٕ یہ مسلمانس زبوٕ پٹھ کھالنُک اجازتی۔ تِکیازِ یہ لفظ چھُ بذاتہِ کُنہ تہٕ مذہبہ وُنن منع تہٕ اکھ غأر مسلم تہِ ہیکہِ نہ یہ بولنُک جُرات کرتھ تہٕ لفظ یعنے شرع زالتھ نعوذ باللہ پتہٕ کوسہٕ وتھ روزِ یوسہٕ کأنسہ مسلمانہ سِنٛدِ خاطرٕ برائے مذہب روزان چھِ۔ تہٕ یتہِ چھ سمجھن کہ أزکس یتھ مذہبی تعلیمی پھہلاوس منز کیا زِ چھُنہٕ کأنسہ أکی عالمن محدثن یہ لفظ استعمال کرنس پٹھ شرعی بندش عاید کرمٕژ۔ شاید مانوٚ یتہِ کہ یہِ باوَتھ چھِ سارِوٕی گأ لی کھالتس ترأوِمٕژ تہٕ اتھ نہٕ کأنہہ اہمیت دِژمٕژ یہِ زانتھ کہِ گوٚن چھُ بذات منع تہٕ تنبیہ اسلامی دستورتہِ یہِ صوفی جماعت چھ دستور دینہ نِش الگ نامسلمانی ہٕنزِ ی جماتھاہ۔ بلکہ یِتھوے الفاظوٕ ستی کرن سأری بوزوٕنی تعلیم یافتہ نفرت تہ امہِ رکس صوفی طبقن تہٕ فلسفس یرٕ ژھن نہٕ۔ نہٕ بوزنے تہٕ نہٕ کأنہہ مجرأہی۔ یہوے چھُ بوٚڈ وجہ کہ تصوف چھُ کلیتاً بدعت اسلام مانہ یوان، یوٚ دوے ملک روحانی اعتقادس منز کُنہِ تہِ مجازی خلافِ شرع اصطلاحن متلق أمِس صوفی مرُشدی باوتھ کرِ کہ سارے دُنیاوی ہوس چھِ وتہ ژٕتھ سِر طالب کُنس خدایس۔ گوٚیتھ توحید کلی چھأمی سِنٛدِ مطابق بلامذہب وِملت آدم۔ آدم تہٕ آدمیت پر بزناوٕتھ لا

شریک زانٛن ۔ یِتہٕ وَنو کہ صوفی چھ لاشریکت بحیثیت خالق زانہٕ نس
گُنٕنے حسٕبس دِوان تہٕ کُلی طور ساری ظاہر چہ مذہبی زاہدانہ یا ظاہری
عملیات نش دور روزِتھ یہ راہِ عمل رٔٹتھ اتھ وَتہِ پوٗرِ پور پکنُک زور
دِوان ۔ شاعر چھُ یمن بند شاتن عملاوِتھ مکمل طور وَتہ پکنہٕ پتے أمِس
درجہ ورح الوراح حاصل کرنُک شرط تھاوان ۔ یہ لفظ چھُ فارسی تہٕ
امیُک معنے چھُ ساری کاینات، اتھ ییس اَمہ پتہٕ تہٕ چھُس فہمایش
کران کہ اصل تہٕ خراب ژٔارِتھ یا ژارنٕچ چھِ عملِ پیہم تھاوین۔
شاعر احد زرگر چھُ صوفیانہ وَل۔گٔنڈِتھ اَکھ مشکوک خیالی تہٕ منصوبک
حُلیہ دِوان ۔ ییس سوائے أمِس یا اَمہ درجہ کس بٔنیس کانسہ فکرِ ترُن
محال چھُ ۔ تِکیازِ أمی چھ مجازیتی الفاظ شرعی مخالفانہ انوانہٕ برمحل اظہار
کٔرمِتی ۔ أمی ہِنٛد یو شعرو منز یِوٗ دوے لا اِلا اللہ کاملاً تبلیغ چُھ تہٕ رب
پربز ناونٕچ وَتھ کوٗ ڈُرتہ دُشوار باوان چھُ ۔ تہٕ مقصد اصل توحید کُلی
زانٛن چھُ تہٕ امہِ باوٕژ چھِ راہبانہ عملہِ ہُنٛد پھیُر تہٕ باس لگان ۔ مگر یِہ
زانو کہ شاعر چھُ بہ اصل عشقِ نبی ﷺ ہِنٛد زیوِ تہٕ گاشے یہ توحیدی
نٔے وایان ۔ بلکہ شرعی شہود منز کرتلہِ دھارِ پکِتھ وجوٗدس گُل گٔنڈِتھ یم
سِری شہ بولان ۔ تہٕ پتہٕ امہِ مشاہدِ حیرتہٕ نٔبر نیرتھ اسہِ لِی ونان ۔

After Occassional vision observation. He would have felt where and waht he told.

مصرعہ چھ یتھ پأٹھی:

زاہد پھاسہ دِن مثلِ دُشمن
شاہدن کر قتل واحد بن
عابد خانس گوڑٕ دِیو نار
کافر سپدِ تھ کوٗرُم اقرار

یتھ مصرعس منز چھُ اسہِ ننہِ وانہ مقصدِ صوفی تہٕ شعرٕ باوتھ واش کڈان کہ زاہد پھاسہ دِن مثلِ دشمن۔ یانے صوفیس چھ بوٚڈ دشمن زاہد۔ بہ ظاہرونو کہ شاعرکیا زِ چھُ قانون اسلامی شرعی قانونچ تشبیہ بار بار دِتھ پتہٕ اتھ مجرمانہ الفاظوٕ ستی ردکران۔ اکھ گو کہ خود چھ مسلمان ناوس تل توحید کُلی گاران یُس اصلاً راہبن ہُنٛد دستور چھُ تہٕ بیٚیہٕ غأر مسلم مذہبس ستھ الفاظی پسندیدگی ہاوان۔ تہٕ تمہِ پتہٕ چھُنہٕ شرک و بدعاتہٕ کٮ۪بن رموز اتن تام تہِ ردکران یا غأر توحید لیکھان۔ اَمہ طرزِ صوفیانہ شاعری ستی یوٚ دوے احد زرگر معماتی تہٕ اُلجھاوانہ حالتس منز پننِس شخصیات درجہ بالأیی تہٕ منازلن ہنٛز نشاندہی کران چھُ مگر کُلی طور چھُ اسلامی صفحس منز پانے پنٕنی ذات خارج ہاوان یوٚ دوے ساری چھِ زاہدس دَم کران مگر امہِ کنی کہِ سُہ چھُ عملیات وظیفہ نماز بیترِ ہ پیشہ رزق تھاوان۔ خدا ژھارنہٕ نہٕ کیٚنہہ تہٕ زاہدس ضدِ چھ رِندس طبقہ یم بے غرضہ تلاشِ حق پننوٕ شہو Breath ستی ژھاران تہ

پننے جسمک خۄن زٲلتھ کلمس دلچپن رگن منز پۄشہِ راوان۔ تہٕ
زاہد چھُ کٹہٕ ہندی پاٹھی کھیوان تہٕ بے گنڈ بے تحقیق سرمایہ دنیا جمع
کران۔ شاعرٕ ہندِ مطابق زاہد یُس ریا کاری ہنز عملیات کران چھُ
أمِس ہتی مہ تھاوزان بلکہ کرُن ہمیشہ خاطرٕ (جدا) قتل تہٕ ظاہر
دأری ژٹھ کلہٕ۔ بلکہ پانس ہتی مہ تھاوُن ہرس واقف تہٕ یُتھ شاہد
مہ تھاو۔ یعنے یتھ دُنیاہس منز روزِتھ زان کہ یتہِ چھُنہٕ چون کانْہہ
مددگار۔ بس ژھارن اللہ یُس کافی الکافی چھُ۔ حالانکہ یتھ جایہ چھُ
شیناللہِ تہِ شرک بنان یمیک یہِ معنے چھُ کینْژ ھادِ یوراہِ خدا۔ یتہِ توحید
دان بوزتھ ژلان چھِ۔ مگر پانہ چھِ أتھی پیٹھ ڈٔرتھ روزان۔ زاہدس
دَم کرنک وجہ چھُ یتہِ کہ سُہ چھ نفس امارہ حأصل کرنہٕ خأطرٕ گرِ گرِ
پھیران روزان۔ اتھ دأریس منز چھُ اکھ سُہ گبوٗن وول باجماعت
تہِ یوانٕ۔ یم گھرہ دعوتن پیٹھ ؤہرہ ؤرِلیس آسان چھِ۔ یہِ
خاندرٕ مجلسہ أسی تھن یا صوفین ہنز بقول تہند مجلسہ أستن یۆ دوے
پھلہ دادِ چھ ژٔرتہٕ در بہ در چھِ۔ تیلہِ گُس ہیکہِ بشیریت نیرتھ ملک
بٔنتھ۔ یہ زأنیوٗتھی پانے۔ شأعر چھ زاہدانہٕ طرزس بلکل رد کران
بلکہ چھُ عابد خانہ تہِ ختم کرنس پیٹھ زور دِوان۔ عابد خانہ ہیکو خصوصی
طور مسجدہ ؤنتھ۔ تہٕ شأعر چھُ اَتھ تہِ مۄلہ مونجے گالُن یژھان۔
لفظِ بدلی آسنہ کنہِ چھُنہٕ عموماً یہ لفظ معنے نۄن یۆ دوے أمس صاف

پأڑھی ووِن آمُت آسہِ ہے۔ مسجد دِنار۔ نعوذ باللہ۔ یتہِ ہیکو وٕنتھ کہ عابد خانس منز ییہ نہٕ مسجد شریف یوت۔ بلکہ گھرن منز مسلمان اکھ کُٹھ برائے نماز و عبادات تھاوان چھِ۔ یتھ أسی ختمہ کُٹھ چھِ ونان۔ حالانکہ یہ چھُ ہر کأنسہِ مسلمانس پیٹھ فرض کہ سہٕ مہ بناوِن گھرس مزار (حدیث)۔ مسلمان وَنہٕ ختم کُٹھ یا نمازِ کُٹھ۔ تہٕ ہنود چھ لازمن الگ کمرہ تھاوان۔ یتھ یم ٹھوکر کُٹھ ونان چھِ۔ تہٕ یمن سارِنی علاحدٕ جاین یتہِ عبادات یِمن کرنہٕ یمن چھ عبادت خانہ ناو پیوان، شأعر چھ امہِ مطابق یتھ سأری زمینہ پیٹھ کُنہِ تہِ جایہ لازماً عبادتچ جاے مانان۔ یتھٕ پأٹھی چھُ شأعر ہر کُنہ دوگنیٛارس رد کران۔ دوگنیٛارس وٕنتھ گواز دواجی زندگی تہِ۔ واحد بٕنتھ چھ صوفی بس واحدس ستی ژھارُنک تہٕ گارُنک سنز کرُن۔ تہٕ امہِ زانہِ پتے کوٚرمیہ اقرار۔ آخرس چھُ شأعر پانہ یہ اقرار کران کہ بہٕ یہ کینژٕ ہاوان چھُس یہِ چھُ صرف باہوش صوفین ہنٛدِ خاطرٕ اکھ راز تہٕ یمن نہَ یہ سمجھ یوان آسہِ تِہنٛدِ خاطرٕ چھُ سِر باوُن صرف تیر بازی یوت۔ اوِ کنِ چھُس بہٕ احد زرگر یہ رنگہ ماروناں تہِ یہِ سرٕ کرتھے چھُس بہٕ بندہ کافر بٕنتھ قالو بلیٰ اقرر کران۔

### تجزیہ مصنف

یم چھ کینٛہہ اشعار تہ یہُنٛد سوٗرے نچوڑ یا مرکب چھُ دستور صوفیانہ۔ مسلم اُمتس منز یم لوٗکھ چھٕ أکِسی شعبہ زندگی ستی پنُن کُل

مدعا آیُت تھاوان۔ یعنے فرض دایم تہٕ ترکِ سنت۔ امہ صوفی ناوٕ کی
لۆکھ یم صوفی شاعرن ہندس شعرِ بخشس ترجیح دِوان۔ مگر مشیدِ بانگہٕ
وزِ پننی گانگل ہش یہ وٕنتھ سمجھان کہ أمِس چھنہٕ بانگی اَتھ آمٕژ تہٕ
بانگ کیا پرِ۔ یہ بانگ چھ نا بلدن یکوٹہٕ سۆمبراوان۔ تہٕ نیبر نیرتھ اکھ
أکس کلہٕ ژٹان بیترٕ بیترٕ۔ صوفی چھِ عام لۆکن منز ژھوپہ تہٕ شریف
پاٹھی معذرت خواہ بنان مگر یمن یُس پننہِ نظرِ نزدیک پھسہِ تِم چھ اَمہ
آیہٕ پننی جماعت بناوان۔ تہٕ لا الا اللہ معنے زانُنہِ خاطرٕ قدیم صوفی
شاعرن ہُند گۆن متواتر طور بوزان۔ یہ وَنُن تہِ ما گڈھِ یمن فتویٰ
کُفر کہ یم چھِ شریعت کہِ قونونہ نیبر نیرتھ لا الا اللہ واحد کلمہ زانان تہٕ
محمد رسول اللہ ﷺ بیا کھ کلمہ مانتھ منز باگ تھکس بہان، ورنہ چھ یم
منکر بنہِ نس منزا کھ زنگ تھاٲوِتھ دویمہ زنگہ پٮ۪ٹھ پانس مسلمانن منز
شامل کران۔ عام شاعرلۆکو چھِ زیادٕ پہن مجازیت حقیقتس تام واتنٕچ
سبیل زانٲمٕژ۔ تہٕ حُسنِ رب مخلوقس منز نۆن کڈتھ جنسیاتی تشبیہاتن
ہُند استعمال کۆرمُت۔ یمہ بغاٲرکانٛہہ چارٕ تہٕ چُھنہٕ روزان۔ تکیازِ
ربن چھ یہِ عنصر ہر ذاٲژ منز موجود تھوومُت تہٕ امہِ بغاٲر ہیکہِ نہٕ یہِ
سرزمین مخلوق ربٕ بنتھ تہٕ یہ مجازیت گژھنہِ جنسیاتی رنگہ زانُنہِ ییِن
تیلہِ چھ یہِ سماع ربس مخالف رحمانس بدلہِ شیطانس بۆزان۔ یتھ
أکِس غزلس معنے کڈُن چھ کارِ صوفی اومت۔ تہٕ توحیدہ مطابق چھُ

یہ تمام کی کاغذ کی پاٹھۍ اۍ چھوٗ وچھن تہِ منع، ممکن چھُ یتھ وادی منزٕ ما کرِ

ہیٚیہِ تہِ کانٛہہ یتھ شعرِ غزلس صوفیانہ عنوانہ عام سمجھاونہ خاطرٕ ہیٚیہِ تہِ

کانٛہہ معنے اَتھ چھُنہٕ کانٛسہِ منع۔ یتھ ایجادی کتابہ یمیک ناو ''وجود

شاعری تہِ تصوف'' چھُ۔ چھُ واریاہن سنجیدہ تہ زاوِ جارن گُن ظوٗن

یوان دِنہٕ بلکہ انسانی ذُریاتس یک جہتی دِنہ خاطرٕ چھُنہٕ شاید یٖمہِ

کھوتہ ہیٚیہِ کانٛہہ حقیقی وَتھ تہٕ راز ممکن۔ بدقسمتی چھ یہ کہ یہ ریاست تیٚیچ

کُنہٕ کُنیٚ اقتصادی ترقی بطور رشوت نصیب سپُزٕ تہٕ اصلیچ تہ پزٕچ کتھ

آیہِ دباونہٕ باردوتہٕ بمبو ستی ہیٚیہِ تہند ذریعہ یم مسلہ آو گونِک تہٕ

پرانیا مک اصلی دعویدار درٕ دُنیا چھ رودمِت مگر یتھ خودمختار ریاستس

منز ہوس ملک گیری موجوب زاونہٕ کانٛہہ پزٕی یورگاندھی ہیو۔ یٖمہِ

زورآوری تہٕ رشوتہ ژھو پہ ژھوپایہ تیٚیچ حکمرانی موٗژن اتہِ اُلیٚچ۔ تہٕ یٖمہِ

موجوب یتہِ نہ رود کانٛہہ مسلمان نہ ہندیو نہ سکھی، تہٕ نہ کانٛہہ انسانی

صوفی لوکھ رود پھبان پتمہ صدی تام مگر وونی ییٚلہِ نوٕ سائینسی ترقی

سیاستس ہٹ چیور دِٹ تہ یہنزی حکمرانی گیہِ غالب۔ براعظم ایشا

گو اصلی نعمتو نشِ پرٕ ژھون۔ سیاسی آزادی ہندو پاک حاصل کرتھ تہِ

بنیاۓ ذہنی غلام تہ نیاین رودنہ شماری۔ یٖمہِ شاعری ہنداثر شرعی

اموراتن پیٹھ زاوِ جارٕ ستی اسلامس کُنہ حدس تام زاف ژومُت چھ

یٖمہِ کہ فطری کشتہِ ستی توحید اسلامی نظام تہٕ مملکت اسلامیانہ وجودس

منزانِنگ کانٛہہ تصور موجود روزان چھنہٕ ۔ بلکہ چھُ شاعری ہندس دُنیا ہس منز دستور اسلامس نٮ۪بٕدٕ ر پاوِنس ستی بےہوشی ہنز مشکاونچ عملی کام نیران ۔ وونی یٮ۪لہِ مادیت کس دورس منز کُل عالم کٮ۪ن مسلمانن بے مقصد تہٕ عملاً امریکی جمہوریتن پننہِ وایٹ ہاوس سائینسی تہٕ ٹیکنالوجی ہٮ۪یہِ فوجی جماوتن پنجن تل رٔٹمٕژ چھ معاہدن تحت سارنےٚ مُلکن رٕز گنڈٕ کرتھ غولامی ہٕنٛدی جامہٕ وٕلِتھ چھِ ۔ مسلمانن چھُ فرض اتحاد عاید سپدان ۔ مسلمان اونٹ پادشاہن نکھٕرٕس رز کرتھ پانہٕ وٲنی جنگس منز آورٲتھ چھِ ۔ یمن حالاتن منز صوفی اِزمکہِ لطافتہٕ خدا ژھارُن تہٕ نعوذ باللہ محمد ﷺ مشراون یا دٔر راوُن کٲژاہ بد قسمتی چھِ ۔ اَمہ علاوہ مسلکن ہٕنز ناروا طرفدارتہٕ انتہا پسندی ۔ اللہٕ اللہ لا شریک زٲنراونس منز حُب تہٕ عشق پیغمبری ژھٔنٛنہٕ ناونس پتہٕ لگی تھ چھِ ۔ امہِ تبلیغ تہٕ سونچہ چھُ نٔی پٲٹھی امریکی جمہوریتس کٲم نیران ۔ صوفی طبقہ تہٕ مسلک کٮ۪ن مستین منزٕ گرٕ چھنس تہٕ رسم ورِواجن تہٕ شکم پری ہٕنٛدِ خاطرٕ گوڈ برنس وُچھتھے چھِ علامہ مودودی تصوفس اضافہ دین تہٕ قرار دِوان ۔ یٮ۪لہِ زٕن خالص تہٕ پزٕ صوفتیکہ حوالہ روحانٲنتیس سبق زندی فِکرہ منزانہِ گوڑھ یُن ۔ روحانیت رؤس چھُ اکھ مسلمان شوبہٕ وٕنی مہرٕنی مگر اٮ۪ندر تھی پوتل ہت یمہ موجوب رفع یدین کرہ ناونہ چھُ آمت ۔ یٮ۪لہِ زٕن دین اسلام روحانیت کہِ سبق ستی مالامال

چھُ۔ یہ نعمت یعنے وسالت، حمایت، شفاعت تہٕ رفاقت تابع کتاب و سنت روح زانُنگ سبق توفیق بٔنن۔ صوفی شاعرن ہُنٛد سبق یوٚ دوے سبق انسانتیس پوٚچھر دِوان چھُ۔ انسانہِ ملژار کہ دستور پننہِ پننہِ مذہبی فرمانہ بھگوان۔ مسلمانس صوفی کُل بٔنتھ خوف خدا اسُنن۔ مگر شومیٔ تقدیر چھُ یہِ کہ یہ صلح کُلک فرمان برکتہِ دین چھُنہِ خلوصہ تہٕ پزِ دِلہ غأر مسلم اقوام پربز ناوان تہٕ کینژھن چھُنہ یہ تسلیم تہِ۔ ییٚلہِ عملاً وُچھان چھِ کہ غأر مسلم اقوام تہٕ مذہب تھاون وألی چھِ ہر رنگ پیش امریکی جمہوریتس منزتہٕ رأچھ کران روزان تہٕ دویمن قومن خصوصاً مسلمانن نٔینگلاونچ سخ تہٕ ضروری آرزو تھاوان تہٕ ثابت گرٛھان یمن تے یژھی یکساینچ دگ رگن آسہِ ہے بٔرتھ۔ تیٚلہِ آسہِ ہے نہٕ یمن قومن ہوسِ مُلک گیری نال وٕلتھ مسلمانن ہُنٛد بیول گالنُک قسم کھیوٚمُت۔ بھگوان۔ شِو، عیسوی تہٕ موسوی مانن والین بٔنہِ توفیق۔ انسانی ذریات رژھر راونچ۔ صوفی تہٕ صوفیانہ شاعری متلق زان دِتھ پزِ ہر انسانس رحمت للعالمین ﷺ صابُن درس رٹُن تہٕ گنوٚ نس یعنے سماعس متعلق اسناد حاصل گرتھ چھُ اتحاد ملتس ستی اتحادِ انسانیت پربز ناون۔

صفحہ ۵۲۸ کشف المجوب

### گوشہ نشینی منز روزنک آداب

ترکِ سنت روزتھ یم آداب ضروری چھِ أچھ گرٛھن ناشایستہ کتھو

(باتوں سے) نِش محفوظ تھاوُنہٕ یم نہ چیز وُچھنس لایق آسن ،
گژھن نہٕ وُچھن۔ موزون آوازے گژھن بوزنہِ۔ نامناسب کتھ
گژھِ نہٕ سوچس منز ینہِ۔ شہوتک نار گژھ بوچھ تہٕ فاقوٕ ستی ژھیراونہٕ
یُن ، دِل گژھ حادثاتن ہِنٛدِ آوریرِ نِش دور تھاوُن۔ شیطانہٕ سِنٛدۍن
دھوکن گژھ نہ تحویل یُن کرنہٕ تاکہ طریقچ وَتہٕ منز بننہِ نہ مقبول۔ یہ
معاملات ادب چھِ ضروری بنان۔

## آداب سماع

یِیمہِ کتھِ ہُنٛد گژھِ خیال یُن تھاونہٕ کہ یہ آداب سماعس منز شرط
چھُ کہ یِوٚ تام نہٕ ضرورری آسہِ سماع گژھِ نہٕ کرُن۔ تہٕ یہِ گژھِ نہٕ
عادت یُن بناونہٕ ، کُنہِ کُنہِ وِزِ گژھِ بوزُن تہِ تاکہ دلہٕ منز دوٗرِ نہ
امیُک عادت۔ لازِم چھُ یہ کہ سماع کرنہٕ وزِ گژھ مرشد آسُن اَتھ
مجلسہ منز موجود۔ بێیہِ یہ تہٕ سماع کرنچ جایہِ گژھن نہ آسِن لۆکھ۔ بێیہِ
یہ کہِ قوالی ونن وول گژھِ صاحب عزت آسُن۔ دِل گژھِ باقیو
دنیاوی آوریرو نِش خالی آسُن تہٕ بێیہِ کھیل تماشس ستی گژھ نفرت
کرن وول آسُن۔ تہٕ یہِ چھُ شرط کہ تکلف گژھِ نہ آسُن۔ یِوٚ تام بہ
ظاہر کنٛن بوزنک ظاہری طاقت آسہِ نہ گژھِ نہٕ بوزُن اتھ منز چھُنہٕ
لاف (مبالغہ) دِنٛچ کانٛہہ شرط۔ یِیلہِ سماع بوزنک قوت پادٕ گژھِ یہ
چُھنہٕ شرط کہ پانس نِش کر دور بلکہ یژھ چاہت آسہِ تہِ کر۔ اگر یہ

أمِس ہلایہ تہ ہلین اگر ساکن روزتہٕ اتھ حالتس منز روزِن جسمانی قوتہ تہِ وجدہ چہ سوزشہ منز گرٛشھ احساس کرنہٕ یِنُن۔

بوزن والین پٮ۪ٹھ چھُ یہِ ضروری بنان کہ یمن منز گرٛشھِ قوت دید (یعنے طاقت باطن آسُن) یوتاہ آسُن کہ امیُک دخٕل حق کرِ ادا۔ یِیلہِ وارد حقوقکی أمِس پٮ۪ٹھ غلبہ گی گرٛشھِ یہِ گرٛشھ نہٕ رُکاونہٕ یِنُن۔ یِیلہِ بوزن والین قوتِ برداش روزِنہٕ تِیلہِ گرٛشھِ نہٕ جذب کرُن اَتھ حالتس چھُنہ کانٛسہِ ہنٛدِ مددتُک توقع کرُن۔ ووٚنی اگر کانٛہہ مدد تہ کرِہس گرٛشھنہٕ رُکاونہٕ یِنُن۔

آخری صفہٕ کشف المحجوب صفحہ ۵۹۲ پٮ۪ٹھ ارشاد حضور سیدنا داتا گنج بخشؒ یِم فرماوان چھِ بہٕ چھُس سُہ جادہ پسند کران کہ یِم اتھ منز ابتدا (متبدیون) کران آسن تمن گرٛشھنہ سماع (گوٚنُک) کرنُک اجازت دِنہٕ یِنُن۔ تاکہ یِہنٛدی مزاز روزن توازنس منز۔ تِکیازِ پراگندگی (آوارگی) منز چھ بڈٕ خطرٕ تہٕ بڈٕ مصیبت آسن امہِ موجوب کہ چھتوَتہٕ بیٚیہِ تھز وجایو پٮ۪ٹھ چھ زنانہ گوٚن بوزان تہٕ وچھان۔ اِوکِنِ چھُ زیادٕ کھوتہ زیادٕ پرٕ دتھاوٕنُک پہوان ضرورت۔ لازم چھ یہ کہ لوکچین کوربن تام گرٛشھنہٕ گوٚن والین نش بیہنہٕ یِنُن دِنہٕ۔ تہٕ یہِ گرٛشھِ نہ کُنہ صورتس منز ممکن یِنُن بناونہَ۔ ووٚنی چھُس بہٕ تِمن جاہل صوفین یِموٚیم گتہ چھ پنُن مذہب بنومت۔ تہٕ پزٕر چھُکھ پانس نِش دور تھومت

بہ چھُس خدایس نِش استغفار کران۔ تکیا زِ اَمہِ قسمچ پٕچ آفرٕ چھِ ہم جنسو نِش مے پٹھ گزریمٕژ۔ تہٕ حق وتعالی ہس نِش چھُس توفیق تہِ مدد یژھان تا کہ میون ظاہر و باطن روز ہر قسمچہ آفاتو نشہِ بچتھ۔ بہٕ چھُس ییمہِ کتابہ ہنٛدِ بن پرَن والین وصیت کران کہ یم کتابہ ہندن احکامن تہ امہِ کِنِن حقوقن ہندر عاتین تھاوِنی زیرِ نظر۔ ۲۵ جون ۱۹۷۰ مطابق ۲ ربیع الاخر ۱۳۹۰ آیہ کرنہٕ یہ کتاب ترجمہ اردوہس پٹھٕ کأشرس منز۔



# تصانیف رجیدہ

ا۔مناقب اولیا اللہ (ا) خصوصا نقشبندیہ، سہروردیہ

(۲) مناقب ومداح درفنانی الشیخ۔

کشمیری غزلیات معہِ مناقب ندامتکۍ آلو۔(ا) خون جگر چوم۔

(۲) عشقنہ سُر۔اَشہٕ ہتی پوشہ پھتیٔ۔

اردو غزلیات۔سوز جگر۔حصہ اول ودویم۔گریہِ رجیدہ۔

مکمل سوانح فقیر سلطان 1990-1907

تواریخ صحبت سلطان۔

ارشادات سُلہ صاحب

واردات متقداں ارض کشمیر

وجود شاعری تہٕ تصوف

آہِ مظلوم کشمیریاں

توحید تہٕ تصوف۔۔حُجت علم اور زبانِ روح

فقر کی بے رُخی (بھدِ سُلہ صأب)

مندرجہ بالا میں مناقب کے پانچ جلد چھپ چکے ہیں۔نثر کے پارچے در انتظار طباعت ہیں۔

تمام عاجز ونادم مقتدین سے اپیل ہے کہ اس ادائے اشک ریزی کے بعد ہمیں اس امتحانی تعزیت خانہ کے حق میں صحت دایمی نصرت وروزگار کیلئے دعا کریں۔

بشیر احمد گل فاروقہ پیٹھ دیال گام

